# ترِ کۄنجل

(افسانہٕ سۄمبرن)



رتن لال شانت

نیہار پرٛکاشن

جۄم

| | | |
|---|---|---|
| ترٛ کوٗنجل | : | افسانہٕ سۆمبرن |
| چھاپ | : | 2002 |
| کمپیوٗٹر کمپوٗزنگ | : | رِنکوٗ کول |
| مول | : | 100 روٗپیہٕ |
| پریس | : | |
| © کاپی رایٹ | : | ڈاکٹر رتن لال شانت (جموں) |
| کتاب میلہٕ نک پتاہ | : | ا۔ 904 ۔ سُبھاش نگر جموں۔ |
| | | ۲۔ کتاب گھر۔ مولانا آزاد روڈ۔ سری نگر۔ |
| | | ۳۔ کتاب گھر۔ کنال روڑ۔ جموں۔ |

**TRIKOONJAL** - Kashmiri Short Story Collection,

by **Ratanlal Shant**

| | | |
|---|---|---|
| D.T.P | : | Rinko Koul (Ph. 593311) |
| Price | : | Rs. 100 |
| First Edition | : | 2002 |
| ©Copy right | : | Dr. R.L.Shant (Jammu) |
| Available at | : | 1. 904, Subash Nagar, Jammu. |
| | | 2. Kitab Ghar, Molana Azad Road, Srinagar. |
| | | 3. Kitab Ghar, Canal Road, Jammu. |

**Cover designed by Neehar Raina, New Delhi.**

# ترٛ کوٚنجل

## رِشتن ہنٛدی یم کوٚنٛج

# رِشتن ہٕنٛدی یِم کوٗنٛج

مرد زنانہٕ تہٕ ترٛیٚیم نفرٕ سہ بیٚا کھ مرد آسِتَن یا بیٚا کھ زنانہٕ۔ سُہ نفر یُتھے ہُمَن دون درمیان یوان چھُ یا درمیان نہٕ بلکہ ژٕچھنہٕ کھوٚرِ اَنٛدی پکھی آیہِ گژاے کرُن ہوان چھُ یا چھِنہٕ تہٕ مسلہٕ چھِ پاٚدٕ گژھان۔ ہُمَن دوٚنی ہٕنٛدی یاٚتی نہٕ بلکہ ترٛیٚشہِ وِنی ہٕنٛدی باہمی رِشتہٕ چھِ مُتأثر گژھان۔ بعضے چھُ مردٕ صحی وتہِ آسان تہٕ زنانہٕ چھِ خود راہ گژھان گرا چھُ مرد پننہِ زنانہِ ہٕنٛدِ رِژٕ ہاٚنکل پھٹہٕ راٚوِتھ غاٚر سماٚجی فعلس مَنٛز آوٗر گژھان تہٕ گرا چھُ یہِ ترٛیٚیم نفرٕ صحی آسان تہِ کیازِ یہِ چھُ مردس یا زنانہِ کُنہِ کٹھِنہِ صوٗرتحالہٕ مَنٛز کڈنس مدد کران یُس تِمَن درمیان بے بوٗرُسہٕ کنہٕ یا مزاجن ہٕنٛدِ اختلافہٕ کنہٕ یا خبر کمہِ وجہہ کنہٕ پاٚدٕ گوٚمت آسان چھُ تہٕ تیمی ہٕنٛز زندگی وولہٕ بور بناٚوِنہٕ آسان چھِنہٕ۔ موٗختصراتھ صوٗرتحالس چھِ واریاہ پاس تہٕ یہِ چھُ واری یا ہوٗ زاٚوِیو کنہٕ وُچھنہٕ آمُت۔

زاٚوِیہِ چھِ واری یاہ تہِ کیازِ لیکھن والین ہٕنٛز نظرٕ چھِنہٕ واری یاہ تہِ کیازِ یِم مسلہٕ چھِنہٕ ساٚئنس سماجس مَنٛز موٗلہٕ تلہٕ انفراٚدی مسلے۔ یِم چھِنہٕ صرف تِمَن

نفرن تاپے مؤحدٕ د روزان یم سیٚد سیوٚد مُتأثر آسان چھِ بلکہ یم چھِ تِمن تہٕ آوراوان یمن اتھ صوٗرتحالس ستی کیٛنہہ رِشتہٕ باسان چھنہٕ۔ بالفاظ دیگر یہِ صوٗرتحال چھُ مرد تہٕ زنانہٕ یعنے دون فردن ہُند پرٛایویٹ مسلہٕ آسِتھ تہٕ سماجی عمل ردِعملک اَکھ حِصہٕ۔ اوَے تہٕ ہیکو اَسی یہِ وَنِتھ زِ اِنسانہٕ ہِندِس اِنتہائی انفرادی عملس تہٕ چھُ گُنہٕ نتہٕ گُنہٕ سوٚتھرِس پیٹھ اَتھ عملس ستی کانہہ نتہٕ کانہہ رِشتہٕ آسان۔ سُہ رِشتہٕ کرِیتن فرد منظوٗر یا نامنظوٗر، تتھ سُہ نظر انداز کرِیتن یا پتَن ردِعمل دِیتن۔ شأیری تہٕ افسانس چھنہٕ طریقہ کارٕ ورأے تیلہِ کیٛنہہ فرق تہٕ کیازِ دوشونی ہُند خام مال چھُ یہوے اِنسان تہٕ اَمی ہِندی رِشتہٕ۔ شأیری منٛز چھُ صورتحال سمجن تہٕ ژیٛنن واٚلی سُند سوٚنچ تمٕی ہِندِ ذیٛہنی ساختُک مکمل تہٕ بلاشرط لیٛحاظ کران تہٕ سُہ رٕچھِتھ تھوان۔ تمہِ خأطرٕ چھےٚ شأعری مسلہٕ کیٛنہ پوٚت ژھایہِ یا پوٗشید پاسن ہُند پننہِ سمجہِ ستی اِظہار کران۔ تجربہ تہٕ تیٚمِ سمجٕ پیٚداہ نبرل تہٕ اوٚگرٕ تھوٚگرٕ آسہِ، تہٕ پتہٕ تجربک ژیٛنُن پننہِ منہ مون زبأنی ہِندِس منہ مون گرٛتس منٛز یُتاہ اصلی (نہ کہِ زبأنی ماتحت تہٕ ثانوی) روزِ تیوٚت چھُ شار وبٕڈون بنان۔ افسانُک طریق کار چھُ رژھاہ مختلف یودزن مقصد تمیٚک تہٕ تی چھُ، یعنے پأنس تہٕ پننہٕ نبن رِشتن ہنٛز پٔنز سمجٕ، یہُند پتَن گدٕرن باوُن۔ افسانہٕ چھُ پننہِ سمجکی پیکر أندی پکھس منٛز ژھانڈان تہٕ یتھے لبان چھُ تم چھِ پتہٕ تسنٛز بوٗلی بولان تسنٛدِ تجربک حال باوان۔ افسانہٕ چھنہٕ سماجس منٛز زبوان بلکہ افسانہ نگار ہِندِس منس منٛز مگر تیٚمِ خوٗبی چھےٚ یہِ کہِ سُہ چھُ أندی پکھس ستی افسانہٕ نگار ہِندبن رِشتن اندرٕ بے زامُت باسان یتھٕ کٔنی شأعری أندی پکھِ چھ صورٕ ژنش

وُتھ لِبتھ تہٕ شاعِر ہِنٛدِ منٛز مُطلق روٗپ بأسِتھ ہیکِہ۔

بہر حال رِشتہٕ، پانٛس سٟتۍ یا أندۍ پکھس سٟتۍ ..... یم چھہٕ افسانُک مواد بنان۔ بذات خود أسۍ تَن رِشتہٕ کانٛہہ تہٕ معنے تھاوان مگر افسانُک زاویے نظر چھُ تِمن مقصوٗد معنہٕ دِوان تہٕ تِم چھہٕ پرَن والِس تام تِمی انمانہٕ تہٕ انہارٕ واتان۔

کتھ أس رِشتن ہنٛز تہٕ کیاز مِیانہٕ ییتھ افسانہٕ سوٗمبرنہٕ منٛز چھہٕ یم رِشتہٕ ٹاکارٕ پأٹھۍ موٗجوٗد۔ "أچھر والن پیٹھ کوہ" کیٚن افسانن منٛز أسۍ ییٚمہٕ قسمکۍ یعنے رِشتن ہنٛد بن مختلف کوٗنٛجن ہنٛدۍ افسانہٕ تہٕ تہٕ تِتھۍ تہٕ یِمن اندر رِشتوٗ کھوتہٕ کوٗنٛجے سرس چھہٕ۔ تمہٕ قسمکۍ افسانہٕ تہٕ لیکھۍ مےٚ یم عنقریب مِیانہٕ ترٛییٚمہٕ سوٗنٛبرنہٕ "رأوۍ متۍ معنے" ہَس منٛز شأمِل آسن بہر حال رِشتوٗ کھوتہٕ رِشتن ہنٛدۍ کوٗنٛج سرس آسنس پیٹھ کرَ تمۍ وِزِ کتھ۔ شایع کرنٕکۍ وصیلہٕ موٗحدوٗد آسنٕکۍ وجہہ چھہٕ مِیانین سٟتۍ باجن تہٕ پرَن والین دوشوٕنۍ خبرٕ اوٚے تہٕ سپزٕ یہٕ سوٗمبرن کم از کم وُہوٗرۍ ژٕپرۍ مُرتب۔ مگر بییہٕ زٕ سوٗنٛبرنہٕ تہٕ چھےٚ تقریبن تیار تہٕ تِم سپدن عنقریب پیش۔ پنہٕ نین پرَن والین تہٕ نقادن نِش چھُس وومید کران زِ زانٛہہ کأنٛسہی، پنٛنۍ رائے گوٗژھن مےٚ نوأزِش کران .....

رتن لال شانت

# کرٛیشُن

عزیزنؔ یُتھے کٕھُس منٛز قدم ترٛوو ژِھمبرٕ آسہٕ میچہ مژٕ۔ راجہٕ اُس تارس پیٹھ ژاُنگِس تیٚل ترٛاوان تہٕ تیٚنڈی بوے بٔے کاکنٛز اُسی اتھن کیتھ چایہٕ پیالہٕ ہیتھ۔ عزیزس کٔر ہٕہرن سَلام۔ تَس جَواب دِتھ رٕوٗد عزیز رژِ کھنٛجہٕ تُتی کھڈا زِ راجہِ پھِرِ تَس کُن گَلہٕ تہٕ کہیں نہ تَے وُٹھ گُمہٕ نادِ مگر تَمہِ ترٛاُوس صرِف ہیٚرِ بونہٕ نظراہ تہٕ ترٛاَپور دانہٕ کُٹھ۔

گامہٕ کِس کُنِس وانَس تَل ییٚلہِ ٹانگہٕ رُکیو، گاٗمی گامَس زَن گیٔہِ ترٛے۔ ساٗری دژایہِ گرٛومنٛزٕ تہٕ دِس بۆسی تہٕ نالہٕ مُتی گٔری ہَس۔ عزیزنہِ نظرٕ روزٕ دٕور گرٕ کُن ژھانڈو دِوان۔ دۆپُن دِوٕ راجَن آسہِ نہٕ ٹانگہٕ صدا بۆ زمُت۔ مگر وونٛ تَنٛد یہِ روخ وُچھِتھ گو سُہ ویٚشارژن۔

اِ؟ توتہٕ کیٛاہ گو؟ تٔمی لاٗج گتھ۔

"بۆ زتھا؟ وَن پُہہٕ پیٹھ یور واتہٕ نَس یۆت کال ٹانگس لۆگ تیتس

کالِس آسہٕ ہَن پنجابہٕ اَسہِ دہ گُرہ کَڈِ متہٕ ۔" تِمہٕ وۄن ہُہرس گُن۔

ہُہر وۄتھس ۔ "مےٚ چھِ پےٚ۔ تتہٕ ماچھُ شیٖن پیوان !"

"شیٖن متہٕ پییہٕ تَن۔ سفر چھنا دۄریک ؟ بَس ریل گاڈِ کوٚر رسوٚن سوٚن

تہٕ اِد چھنہٕ کتھ بوزن ۔۔۔ صرف تہٕ چھےٚ " گاڈ" ہنزٕ شری نہٕ پزاڈن آسن۔"

راجہِ نِس باٚپس تہٕ بےٚ کاکنہٕ آیہٕ ڈلیٖل بۄزِتھ اُچھ مۄژراونہٕ۔ زنانہٕ

پزژھو ولوتی رِنس زِ گاڈِ چھا پنجابہٕ شرنہٕ وایان مگر رٕنی دِژس کھوٚنی کِل زِ

دَم کر۔ راجہِ اُس کیاہ تام کرنہٕ اور ترمژ۔ تِتھےٚ ریلہِ ہنز ڈلیٖل بۄزِن گُنی

ڈال دِژن تہٕ ترٕ اَپور۔ عزیزن دۄپ زَن خبر کِژلتہِ پنجاب گاٚمژ چھےٚ۔ فِکری

چھس نہٕ کھسان۔ وُچھ یمن باٚژن دون کۄتاہ اشتیاق چھُ تہٕ ہو کیاہ چھےٚ

درکہٕ رٕٹتھ۔

تَس آو اُسُن۔ پانَس ستی دۄپُن زَن تہٕ راجہِ سے وَنان اوس۔ خاٚر

گرژھکھ کوٚت۔ ساٚرے ڈلیٖل ییلہِ بوزکھ ترپھٹی۔ پتہٕ کرہاٚم نازارٕ پارٕ۔

" کیاہ وۄنُتھ ؟" ہُہرن پرٕژھس ۔ بیٚنہِ کوٚرن آلو۔ "وولے عزیزس

انی چایہِ پیالاہ۔"

عزیزن دیُت نہٕ ہُہرس جواب مگر راجنی یہِ ژھوپہٕ زَن ہیٚژنس وونی

سٕنی۔ مَتھ گوس تھوٚد وۄتھِ راجس دِمہٕ پھبرن لونچہٕ تھَپھ تہٕ پانَس بڑونہہ کنہٕ

کرن کھڈاہ۔ پتہٕ پرٕژھس۔

"ریل گاڈِ ہنز شکل تہٕ تگہِ یے پرزناونی ؟ خاندانہٕ منزٕ چھیے کانہہ اَکھاہ

نبرٕ گومُت ؟ شہرٕ تہٕ اسلام بادٕ ورآے چھےٚ خبر تہٕ گم گم مُلکھ چھِ تہٕ کتہِ کیاہ

چھُ؟ کِنہٕ مامہٕ بُڈی بَب اوسہٕ ہے بیگارِ نیٚومُت کوٚت تام؟"

مگر تمیٚ اوس اَپور ترٛونہٕ راجُن صرف روٚنہٕ یوت وُچھمُت۔ بمہٕ تالہِ کھٔرِتھ مۄژ۔ بُتھی لبن ووشلُن، وُٹھن پیٚٹھ اَسن ترٛاے ہش، اُچھ نژان..... بس اکہِ پھِرِ اُسن عزیزس اکھ نظر ترٛاومٕژ۔ کتھ نہٕ اَکھ تہٕ کرٕمژ..... تمیُک مطلب کیاہ گو؟

نوٚو سبز پھبرن اوسُن لوگمُت یُس پرُس کھانٛدرٕ پیٚٹھ گُل دوٚیہِ ترٛیہِ پھِرِ لوگمُت آسہِ ہنَ۔ ڈال دِتھ اَپور ترنہٕ وِزِ آس پھبرن دوٚل کوٚھبن ولنہٕ ہیوٚ، پوٚژِ لجیٚس ژھٹھ ہش تہٕ مَس لٹُھر آس سپنس پیٚٹھ۔

امایہِ جورٕ لاٗگتھ کیاژِ اُس پیٚٹھ مۄژ۔ تیلہِ کیاژِ یہِ ناراضگی؟ کِنہٕ بوے ہٕے کاکنز اُسس ییٚتتھ۔ عزیزٕ آو ژورِ رِتیٚ پنجابہٕ تہٕ کھانٛدرٕ پتہٕ اُسن یم گوڈٕنچی لٹہِ وُچھمتی۔ یمنے آسہِ منٛدٕ چھے مۄژ۔ نتہٕ اسے نوٚ مہاریٚنز ہش پرِتھ تہٕ شیرِتھ چھےٚ۔

تَس گو پانَس لیحاظہٕ تہٕ تھوٚد ہیوٚک نہٕ وُتھتھ۔ راجُن بوے ہٕے کاکنز اُسس جوٚمہِ چھہٕ، امبرسرِ ہنز، لُدِیانہِ ہنز، ریل گاڑِ ہنز تہٕ پنجاٗبی مألن ووژھبن ہنز کتھ پرٛژھان۔ بیٚیہِ اُسس زیر زیر دِواں زِ نوٚو ٹرنک کھوٚلِتھ ہاو کیاہ چھے اوٚنمت۔

نوٚو ٹرنک، نوٚو بسترٕ بند، تہٕ بانہٕ ترٛوٚڈٕ تھوٚوی عزیزنی ہٕہرن طاقچس پیٚٹھ۔ نُنہٕ بہٕری تھوٚن لبہِ ستی۔

سارِنے اُس کتھِ کتھ پیٚٹھ نظر نپہٕ نپہٕ کرٕنس ٹرنکس کُن گژھان۔

خبر کَم بر آسی اَتھ منٛز کھٔژِتھ۔ راجہِ تہِ آس آمژ تہٕ بےٚ کاکنہِ نِش پٮ۪ٹھمژ۔ عزیز اوس کتھ کتھ کران ۂہرس تہٕ ہوٚوری بایہِ ستی مگر نظر نظر اوس راجس گن دِوان تہٕ ژرژان تسٕند بتھ۔ سو تہِ آس منٛزی منٛزی اِلی آں کرِتھ زَن تہٕ کتھ باتھِ منٛز شامِل گژھنٕچ کوٚشش کران باسان۔

ہوٚوری بایہِ ہنٛدِ کھنہ کھنہ کرنہٕ کنٛز گیو عزیز آمادٕ ٹرنک کھوٚلِتھ ہاوٚنس پیٹھ اما پوٚز راجن یتھے امی وِزِ تھوٚد وٚتھِتھ تہٕ اپزے ژاس کرِتھ کُنی ڈال دِژ تَس لٔج سسر تہٕ توجہِ ڈوٚلس۔ تمٕ اوس اَتھٕ واسکٹ چندس ترٛوومُت۔ اَتی بیوٚٹھ زَن تہٕ کُنزن چندس منٛز رِگندنہٕ۔

راجہِ آس پھٔیٹ۔ تمہِ زون زِ اِشارٕ روٚٹن زِ کُنزٕ مہٕ کڈنبرَ۔

عزیزن ڈاج کتھ۔ یمَن روٚد بے مأل پأٹھی جواب دِوان مگر دِل اوسُس دانہٕ کُٹھِ سبز پھبرنٕس الوند۔ اَتی تتھ لارِتھ گوٚھان تہٕ اَتی زاشُری ہنٛدی پأٹھی وُلمنہِ کھسان۔ گامَس اوس پوٚت وندٕ شِکسکی پأٹھی اگادِ گومُت، شین اوس ربہِ کژونہٕ تہٕ لِتھٕ ونہٕ آمُت، لگھ آسی پشیمان ہوی، تھذٕ کھژاو لأ گتھ، ژادرِ پچھِ وٚلِتھ تہٕ نارٕ کانگرِ ببن اندر رٔٹِتھ بےٚ پژھ موٚسمس وِدان۔ اَتھ بےٚ رنگ ماحولس منٛز اوس نو بہارُک اکوے نیب۔ راجن سبز پھبرن یتھ سٕہ کوم کُرن یژھان اوس مگر بژونٛھ کنہِ آسس آشناو ہیتھ یمو ووٚنی پتھ تُل مُت اوسُس۔

راجن کرنہٕ عزیزس ستی کتھاہ تہِ کانہہ۔ صرف اَکس بیٚہ ہنٛدی پأٹھی زِ وَتہِ ماگوٚے تکلیف؟ وغأرٕ وغأرٕ .....

مگر عزیزس آسہ واریاہ کتھ کرنہٕ۔ راجہٕ آسس واریاہ کینٛہہ بوز

ناوِنی تہٕ ووڈِ انِہ یتھ بڑوٹھس پانس ستی پنجاب نیہ ہیس۔

راجن بوے اوس بڑ وٹھ کنہٕ ہتھ چلمہٕ پھوکھ پھوکھ دِوان۔

عزیزن کوڈ چندٕ منزٕ اتھہٕ نبرَ تہٕ نلی چس تھپھ کرِتھ بیوٹھ بے دلی

سان دام دام دِنہٕ۔ راجن أنی چاے مگر کلامہٕ کوٚرُن موخصر۔

راجہٕ نِس بأیس بۓ کاکنہٕ یتھے تسلاہ گۓ زِ یہ مُژراوِنہٕ ٹرنک کینٛہہ،

تمو دوٚپ بتہٕ کھمو تہٕ سُلی شونگو۔ پگاہ صُبحۓ چھُ گرٕ گژھُن۔ راجن کرٕ یونکھ سخ

زور مگر بوے ووتھس:-

"وُنِس تام اوس اَسہٕ فرض ژٕے نظر نظر دِنی۔ وِنی اوے ژٕے خاندار

تہٕ وِنی کیاہ چھُ اَسہٕ بیٚتہٕ کرُن؟"

بتہٕ کھبتھ کرے یہ راجنہٕ بۓ کاکنہٕ بیٚہٕ اَکہٕ لٹہٕ کوشِش زِ عزیزٕ ما

نرمہٕ مگر پتھے ڈٕتِس راجن دب:-

"وِنی ہے چھُ تھوٚ کُمت۔ شِنأے گیا اَتھ بانہٕ ہَل وتہٕ۔"

عزیزس گُن اوس اِشارٕ صاف۔ یتھ نہٕ ہرگزٕ ٹرنکہٕ مُژراوہکھ.....

تمی ژھٕنن نِوِس مہرازٕ ہندی پأٹھی کلہٕ بون گُن، تھوٚد ووتھ لوتی تہٕ توٚر اپور

گُژھ۔

لیف کوٹھبن پتھ تہٕ کانگر زنگن منزٕ رٹتھ بیوٹھ عزیزٕ بسترس پتھ

شاندس ستی ڈوکھ دِتھ۔ خشمہٕ سان گلہٕ بون گُن ژھٕنی تھے پرٕژھُن راجس:-

"یِم کرٕے پتھ چھے بیٚتہٕ ڈیرس ہتھ؟"

راجَن پھیُژ ہور کُن بتھ۔ "توتہٕ بوز ژٕ آہبس اَز ریتّی۔ لچہٕ ٹاس کڈتھ اوسہٕ ہبس دژ امُت۔ خودا تعالا تھوُن میانبن باین بُے کاکہٕ نبن صیحتہٕ بدن۔"

وَنان ونانٕے ہیّتِن راجَس اَش گنڈ تِنٕ۔ اَمہٕ خاطرٕ اوس نہٕ عزیز تیار۔ اَمہٕ برونٹھ زِ سُہ ونہٕ ہیس کینٛہہ بیہٕ ؤژھس :-

"ژےٚ کڈٕنے جُمنؔ گل۔ پنجاب گرٕھنکی چکہٕ چاون مُشر ووٚے سوٚرے..... پوٚت نظر تہٕ دِژتھ نہٕ نیرنہٕ وِزِ....."

راجہٕ اُس یہٕ زَن تہٕ لبن ونان۔ پتہٕ ژٕھنُن گلہٕ بون کُن تہٕ شرارتہٕ سان ووٚنُن :-

"تِمس کیٛاہ اوس؟ بیٚیتہٕ کُس تہٕ کیٛاہ اوسُس یتھ راُچھ کرٕنی اُسس۔ ٹبر پکہٕ نووُن ستی۔ میٛانی پاُٹھی ماگو حاُران تہٕ واُران؟"

عزیزس توٚر فکرٕ زِ راجَس چھےٚ بڈ عدالتھ لاگنی تہٕ یہٕ چھُ دُسی لابے۔ مگر جواب تہٕ اوس تَس دیُن۔ یِی اَمہٕ وِزِ بتھٕ اُس تہٕ تی ووٚنُن۔

"ژٕ کہےٚ زِ گیکھ حاُران تہٕ واُران؟ خودا ئے رٕچھی نے۔ ژٕ کیٛاہ جنگلس مَنز اُسہٕ مکھہٕ ترٕاُومژ؟..... " عزیزس آیہٕ رٕژھاہ ہمتھ تہٕ کلامہٕ تھوٚوُن جاُری۔

"اپارِ رمضان کاکنی۔ موغل دبد یپاُری ..... یہنٛدی شُری مُری ..... دوشوے یژھ پژھ دار ہم سایہٕ ..... تِتھی ہم سایہٕ سوٚزِن اللہ تعالا سارِنٕے....."

عزیزن وُچھ راجہٕ چھِ ژھوپہٕ کرِتھ کھور نمس کُن مُدَے گنڈِتھ وُچھان تہٕ اَتھ اتھٕ چہٕ منزٕ کی مِہ اوٗنگجہٕ ستیٚ زِلان ہیوٗ۔ بلکہ ۔ زَن نہٕ سُہ راجس زانہٕ.....

تمیٚ تھو ڈلیل جاری۔

"ژےٚ کہِ گرس منزٕ اوسےٚ داں پھوٚل منٛتھ، وارِ اندر سبزی ڈوٗر لاگتھ، اولَو تہٕ مونجہٕ کھوڈس برِتھ، خرچہ باپتھ پوٗنسہٕ اَتھس منزٕ ..... دپَو گامکی ما چھِنہٕ سوکھس دوکھس اکار بکار یِوان..... مےٚ کیٛاہ، خودائےچھِن، کانٛسہٕ ستیٚ راوٗ رمت چھا؟"

ووٚنی بیوٚٹھ عزیزٕ سیوٚد راجس بُتھس وُچھنہٕ، تلاہ کیٛاہ باوتہٕ ہُباوچھِس ووتلان۔ دوٚپُن ونی کیٛاہ ونہٕ.....

"دسپگر گرِن سارِنے رُت..... مےٚ شیٚہلوُ کھ اَتھٕ..... نتہٕ اَسِس کُنی تہٕ پرٕ ژھینی....."

عزیزس باسوٗ اَکھ مرحلہٕ زیوٗنم۔ اَتھٕ زِ رٕڈی نَس پننہٕ نبن اَتھن منزٕ تہٕ پرٕژھنَس:۔

"ژےٚ کیٛاہ پرٕگی اَسیہٕ کُنٛج ؟"

"مےٚ کوسہٕ پرٕگی اَسم۔ رمضان کاکھ ییٚلہٕ بازر کھسہِ ہےٚ ماز پاو، چاپہٕ چھٹانگ یا نُنہٕ سیر اوسُم والن۔ موغل دیٚد ہُند نبرٕ آیوو پشہِ پٹھ بون لاینہٕ یُتھے اَسہِ شیٚن والنہِ کھوٚت..... خبر کُس بتہٕ کال آم بُتھِ..... پھبرن گوس یکلس بند، الوند گو تہٕ کمہٕ کشالہٕ وولکھ..... زٕ بچھوٗ بچور....."

راجن ہیتھ ناو ہیٚے ہیٚے گامہٕ کٔمن ہنٛدی کارنامہٕ ونٕنۍ۔

عزیزن ڈٲج کتھ۔

"یہٕ بچوس یہُس شینہٕ کتھ کار نِشہِ..... دپَن یہُس کھوٚت شین کلُہن.....؟"

"خوداے رٕچھی نیٚو۔" راجن موکلاوی عزیزنو اتھو مَنٛزٕ پننٕ اتھ۔

"یہُس لٔج کول تہِ۔ پتہٕ اُسی ہبر گامہٕ پیٹھ آب سارن.....ناگہٕ پیٹھ.....سارِ بچاَر اُہم نہٕ نٔٹس اتھ تہِ دِوَن لاگنہٕ۔ دپن اُسم وُنہِ چھی مانٛزِ گلی....."

دولہٕ تراوِن عزیزس نظراہ زِ اُمِس گوا گتارِ کِنہٕ نہ۔

عزیزن ڈٲج بیٚیہِ کتھ۔

"امبرسرِ کیاہ بٔ بوٚڈ آبہٕ تلاواہ اکھ۔ یہے بوز تہٕ ہبر گاہکی ناگہٕ ساساہ۔ مَنٛز باگ چھُس زوٗ۔ تتھ پیٹھ سِکن ہنٛز بٔڈ درٕم سال۔ سونہٕ سُند قبہٕ گرِتھ۔ تتھ چھِ ونٛن دربار صاب۔ آب صافِ پاک..... کیاہ وَنے دِلس کُس ارام چھُ تتہِ میلن گوٚن بوٗزِتھ۔ دوہَے چھُ زَن جیٚشنہٕ آسن....."

مگر راجس زَن اُس نہٕ امرتسرس ستی کانٛہہ دلچسپی۔ تَس لٔج زیرِے۔

"ریٚشِ بابہٕ صابنہِ ییٚلہِ وورُس اوس دُنیاہ آو ژٕسِتھ۔ ستن دوہن ژھیٚنٛز نہٕ وتھے۔ گام اندر رٕوٗ دنہٕ شُر تہٕ گرِ....."

عزیزِ تہِ آو دولہ سنٛس وورِچ شیٚچھ بوٗزِتھ۔ کیاہ تام دپیون پزِ ژھس زِ راجہِ ؤژھس:-

"بہٕ اُسس بڑ وٕنٹھے بیمار پےٚ ہیٚژ ..... ترٛیش پلہٕ ناوٕنس رٕوٕ دُم نہٕ کانٛہہ ....."

عٔزیزس گو دم۔ راجُن بُتھ باسیوس شُسس گومُت۔ کنہٕ پھیٚژ لیٚدریمژ، اُچھن پھٕکٕژ کھٕژ ہیٚتی۔ خطاوار اوس پانہٕ ..... کلہٕ ترٛوٕوُن بیٚپس مَنٛز تہٕ پرٛژھ نَس:-

"ڈاکٹرس ہاوٕکھ نےٚ گاٛمژ۔ بونہٕ پورٕنے سرکاری حکیم صأب بیٚہہ ون چھُ ....."

"نٔبرٛ پیٚہہ ہیم ہیٚتی۔ مگر سُہ اوس شہر وٕ تھمُت۔"

عٔزیزس آو نہٕ وُنی کَس نٔبُرٛن ذِکرِ خوش۔ تٔمی کٔڈ کانٛگرٕ نیبر۔ سو اُس وُہان راجن تہٕ کٔڈ کانٛگر۔ سو اُس ژھبتہٕ گامژ۔ راجہِ ہیٚٹھ اوٚ نگہٕ جو ہیٚتی سوٕرس زَن گِندنہٕ ..... عٔزیزٕ اوس ژبتہٕ وُترِس دوٕرٛژھ دِوان۔ اُتی پیوس یاد۔

"جُمنَ بوٚڈ ہیوٕ لونڈٕ کمالہٕ کیا بی پیو تتہٕ سخ بیمار ..... بیمار کیاہ پیوٚ و، کھوازٕ پیٚٹھ آو بون لاینہٕ۔ دِسٕلس اوس سیرِ پلہٕ ناون تہٕ کھور ڈٕلس۔ بُتھی کنٛی آو وُرکاونہٕ۔ شُکُر خودایس میٚژِ ہُنس پیٚٹھ آو لاینہٕ توتہٕ پھُٹس نٔر ..... اِدٕ مَتہٕ بوز تہٕ ..... کارخانہٕ گو بند ..... ٹھیکہٕ در تہٕ سارِے افسر آیہٕ دَون۔ ہسپتال واتہٕ نو وُبڈی صُبحن پننہٕ گاڑِ منٛز ..... یلاجہِ خاطرٕ دِژٕ ٹھیکہٕ درَن جُمس روپیہٕ ..... خاتہٕ دِتکھ تسلاہ ....."

بوزان بوزان ڈوٚل راجَس بُتھِس رنگ تہٕ عٔزیزن کھٲر تفصیلن زیادےٚ رژنا۔

اٚخرس تھوٚوُن اَتھ راجَس پھیکِس پیٚٹھ زَن امرتسرٕ بازرٕ مَنٛزی سأئس

کڈٕ ہۍ اُسن تہٕ وتہٕ تماشہِ ہاوان اوٗسس۔

"کیاہ وَنے تِتھی بڑی بنگلہٕ..... پانژھ پانژھ ستھ ستھ پور۔ نظرِ ے چھنہٕ یوٚر پلان۔" تہٕ بییہٕ آو پنہٕ نِس موضوٗعس پیٹھ:-

"پنجاٗبی موٗزوٗر کیابی چھِنہٕ سیرِ نٚکھی سارن۔ بونہٕ پیٹھ ہیوٚر تام چھِ کھوازٕ ژٔندبن پیٹھ نفر بہَن تہٕ سیرِ اَکھ اَکِس کُن لاین یوتام وُچھن وُچھن سیرِ ڈیر ہیوٚر رواتن چھُ ..... بییہٕ کتہٕ چاے تہٕ تموکھ..... بتہٕ میوٚنڈاہ کھبتھ اُسی صُباے نیرن۔ یڈٕ برِتھ تہٕ اُسی کھوٚن تہٕ کیاژِ شامن تام اوسنہٕ کہیں بِبٔن....."

راجن تُج ووٚنی گوڈنکہِ پھِرِ عزیزٕنس بُتھس کُن ژُکہِ سان نظر تہٕ کیاہ تام ژرژنہِ پیٹھ۔

"خاٗتٕ اُسوا توہہِ تہِ بتہٕ رٔنتھ دِوَن؟ ڈیر اوسٕنا جُمہٕ نی کوٚرمُت؟"

عزیزٕس زن باسوٗ بازٕ اَتھس منٛز یِوان۔

"بتہٕ اُس سوے رٔنتھ دِوَن مگر ڈیر کیاژِ کرہاٗ وُجمہٕ نہٕ۔ تَس کُس کوٚنش خانہٕ اوس ییٚتہِ اَسہِ تہِ روزنہٕ دِیہ ہے؟..... بتاہ اُسِس کھوَن تہٕ پاتہٕ شاہ ہِندی پاٗٹھی عاٗش کرن....."

عزیز زن ووت رژِ کھنڈِ واپس امرتسر مگر راجن اوٚن جل خابہٕ منٛز کٔڈِتھ۔

"یہِ کماون اوسکھ تہِ اوسہٕ کھاخاتی حوالہ کرن؟ تَس ہو چھے لوکٔس کٔٹس ژُر خصلتھ۔"

عزیزن تروواُسن۔

"چور ہے روٗن تھس تہٕ کوتاہ۔ بہٕ داَن نا کرٕمہٕ؟ تالہِ کنٛز اوس مأژلس ماجہِ کڈن۔ یہِ کماون اوس تہِ اوس اپأری وُڈاون۔ مأژلس نہٕ دُنبری تہِ ہاون..... سٕلیماوُسس ژامُت..... خأتر اُس بُتھِ بُتھِ دِوَن زِ پرٕ چھُم پھون۔ مگر بہٕ کیٛاہ سنا کرٕ ہأس؟ روپیہٕ ژتجی اوسہٕ سس ریٛتی حوالہٕ کرن تہِ کیٛازِ تی اوس فأصل گوٗمُت۔ پتہٕ اوسہٕ سس رتبس کلس پیٹھ ڈوٗنی پھٹراون....."

"ژتجی؟؟" راجس ژٕج کرٕبکھ نیرِتھ۔

عزیزن کوٗرس یورٕ اشن۔ دوٗپُن سٕیز کأژاہ چھےٚ ! گرِ نبر ماچھِ دژاہٕ۔

دوٗپہِ نَس۔ "بڑوٹھُس وندس نمتھ ژٕ تہِ پانٔس ستہٕ أتی تری فِکرِ ژتجی ہن روپیَن کیٛاہ چھُ نیرن....."

تمُہ رٕٹ راجہِ نربن دون منٛز کومہِ زَن تہٕ وُنی کوچھِ تلہِ ہیٚس تہٕ نبر نیہِ ہیس۔ سینس پیٚپس شیٚہلتھ ہش۔ دوٗپُن یہِ پیٚیہ سمجاوٕنی۔

"ژےٚ کیہے اوسے بوٗزمُت چأری؟ تتہِ گس گرِ اوسُم زِ دأنی رتھ کرٕ ہأ خرچ؟"

راجس آسہٕ وُنہِ بمہِ چأرتھ۔ روپیہِ بوٗزتھ زَن اُسس واوِ ژٕنڈ آمٕژ تہٕ شروکہِ نبن اُس ژامٕژ..... تمہِ موکلووبڑ بےتوٗلقی سان پان۔

عزیزن دوٗپ اُمس پیٚیہ بأنہٕ بأنہٕ وُنُن۔

"وُچھی یُس تو ملہٕ پھوٗل ستہٕ نیٛومُت اوسُم سہٕ تہِ دُیتہٕ مکھ....."

راجس کھوٗ دزہہٕ زیادے پہان۔

"نٲے میٚے یوت دیُت نہٕ۔ سارِوٕے دیُت وارِ وارِ..... نتہٕ کیاہ

ہۄ زُتھ ژٕنے.....؟

مگر عزیزن زون راجس ڈٕج نٔس۔ اتھ پیٚیہٕ بدل لُنڈ ٹلُنی۔

"یہ اوسُس روپیہٕ سیٹھس اتھی تھوٗن..... مُرن چھُ تُمی کرنہٕ زانہہ

امانتس خیانتھ..... پزتھ رٹتہٕ اوسُم حساب دِون کوتاہ نیٚوتھ تہٕ کوتاہ چھے.....

یِیلہِ نیرُن اوسُم نالہٕ متہٕ روٚٹہٕنٔس تہٕ روپہٕ یَس ساڈ اُٹھ شتھ کرِنم حوالہٕ۔"

وٕنی دِژ تمی راجس کُن بڈٕ اعتمادٕ سان نظر۔ دوٚپُن وٕنی تراوِ سارٕی

ہٕتھی یار۔ مگر راجس اوس کیاہ تام یاد پیوٗمُت۔

"گامس منٛز اُس سخ ژۄر ژۄرے۔ کانٛہہ گرِ ترٛ ووٗکھ نہٕ۔ اَسہِ....."

عزیزس لٔج زَن وٲلنجہٕ تھپھ۔ منٛزے ووٚتھُس:۔

"اَسہِ مے نیٚوکھ کیٚنٛہہ؟" تمی وُچھ نہٕ ونان ونانے ما اُس راجس ویٚشہِ

ژکا پھیرتھ گامژ۔

"اَسہِ نیٚوکھ اولو کھوڈ پڑ اُٹھ۔"

" گو ناکم تام ژھوٹہٕ فقیر اُسی؟" عزیزس کھوٗ وٲلنج بوٚٹھ۔ مگر راجہِ

اُس وُنہِ تٔھی لجس منٛز ونان۔

"ٹیٚچہِ ہور ووٚتھ نیٚوکھ گدُامہِ سان۔" تہٕ اِلزام بچاوان زن ووٚنہٕ نٔس

پتہٕ۔

"بہ کتھ واتہٕ ہا؟ کرِ ہاَ تہٕ کیاہ گُنی زٕنی؟"

"پتہٕ آونَے اتھِ؟ تھانَس ماگیہِ یکھ؟ رپوٹھ مالچھو وکانٛسہِ؟"

راجہِ اٰسی ژھوپہٕ کرِتھ کلہٕ بوٗن کٔن کراوِتھ زٕن تہٕ وُنی کِس بیٚیہِ
وۆ ژھ راوٕنس وِدان۔ عٔزیزن پۆژ ژھس بیٚیہِ۔

"اٰعٔز ئبرِس تہِ وۆتھ نَے؟"

أدی گیو عٔزیزس ئبرٕن ناوہ بارِ گران۔ راجن وُچھ وُنی کِس أمِس
بُتھِس پریشانیہِ ہُنٛد زال زٕن واہراونہٕ آمٕت۔ اَکہِ بالہٕ کھسان تہٕ بیٚیہِ بالہٕ
وسان۔ تَس زٕن گو سورُے أکی ہے ژِہس منٛز مُشتھ۔ عٔزیزس دِژن زیر۔

"کِہو زِ؟ کوٚت ووتکھ؟..... کینٛہہ نو چھُ غم۔ ۆوژھ تہِ بنہِ....."

تہٕ ییٚلہِ وُچھن رژِ کھنٛجہِ کٔرنہٕ عٔزیزن کتھے سو ؤژھس:۔

"بیٚیہِ بوزٕ ناوۆ ڈلِہلاہ تیٚژ..... نا حقے کوٚرمےٚ ؤژھی سُنٛد ذِکر.....
یۆت تازٕ کِہو زِ چھُکھ ژٕ گوٚمُت؟ پنجابہٕ چھا واریاہ گرٕم آسن؟"

لوتی ووٚتھس عٔزیزٕ درجواب۔

"سیٹھ ہنٛدِس وانَس پیٹھ نَے اوس نہٕ بۆژرِس تہِ موکہٕ جار..... ییٚلہِ
دِل وُبالی ہیۆ گژھن اوس، چھٹی ہیتھ اوسُس بازٕر بازٕر پھیرن..... قرار زٕن
اوسُم راون۔"

راجس تہِ زن لُج یہِ بوٗزِتھ قرارس تھٕھ..... مےٚ کیاز دِژو مہے
گژھنہٕ۔ جُمّن یم سبز باغ ہأوی تمہٕ ستی گیہِ زٕن مےٚ عقلہٕ بقل۔ نتَے موغل دیدِ
وٕشیونَس۔" ہتا تژیٚے ربتھ ہأگیکھ وُنہِ کھاندرس....."

"ژےٚ کوٚت اوسے بازٕر بازٕر پھیُرن؟ ڈیرٕ ؤڈٕ زٕ ہے تہٕ یِژٕ ہے گرٕ
پٔنِن۔" تمہِ سمجو و۔

"اکھ چیز ہے اوسس ژھارن تہٕ سے بنیوم نہٕ کنہٕ..... توے تہٕ اوسُس پھیرن۔"

خبر کیاہ چیز آسہٕ ہیس ییمہٕ چہٕ وبژھیہٕ پریشان کوٗرمُت اوس۔ راجن سوٗنچ۔

رژِ کھنڈِ گیہٕ ژھوپہٕ۔ پتہٕ کُملاوی عزیزنے وُٹھ۔ راجن دوٗپ شُکُر پریشانیہٕ مَنز دژاو نتہٕ آسہٕ ہے ییہٕ تِمنے بازرن پھیرُن ہیوٗتمُت۔ شِنأے گیہٕ تِمَن بازرن.....

پیٹھے ووٗتھس عزیزٕ۔

"کیاہ وَنے راجہٕ تِنکی بازر..... میلہٕ وادن پیٹھ زیٹھم زآٹھی....."

عزیزس ہربو جوش ہیوٗ۔ راجس کوٗر یہٕ خوش۔ سو اُس بوزنہٕ کھوتہٕ تَس بُتھِس کُن وُچھان۔ سُہ اوس ونان۔ "نپہٕ نپہٕ کرٕوٗن سامانہٕ..... برجستہٕ..... بانہٕ بازر زِ بانٕے بانہٕ ..... مصالہٕ بازر زِ مصالٕے مصالہٕ..... بزازِ بازر زِ ہتہٕ بُڈی بزازِ وانٕے وان..... کم طِلہٕ، کم زیور کم کنہٕ واجہ کم ٕگنٕسی....."

تہٕ اُتی گو عزیزس چندس کُن اَتھہٕ تہٕ کُنزن سٕتی بیوٗٹھ ٕگندنہٕ۔ کُنزن ہُند شروٗنی زن تہٕ راجس کنو کٕنی وٕستھ دِلہٕ چَن تارَن زیرِ دِنہٕ لوٗگ۔ تِمہٕ وچہٕ وارٕ وارٕ اُچھ تہٕ اَمہٕ شرونہٕ شرونہٕ سٕتی کھوٗت تَس کأف ہیوٗ۔

عزیزٕ روٗد شروٗنی شروٗنی کران شاید پٕزاران زِ راجہٕ نیم وُنی چندِ اُندرٕ کُنزِ ترٕوٗٹ کٕڈِتھ۔ تِمی اوس ٹرنک تہہ تہہ بجومُت زِ گوڈٕ کیاہ ہاوس تہٕ پتہٕ کیاہ

وُچھ۔

"لُکھ ہَے اوِر یُوِن جیٚمہِ ٹرنک ہیوٚن مگر مےٚ اوس یوٚر گژھ وُنۍ امبر سرٕ ہیتھ تھوٚومُت۔ چیز چیز اوسُس انن تہٕ بند تھوَن۔"

راجہِ اُس بوزان۔ ہلکہٕ اَسن تژاے اُسس وُٹھن پیٹھ مگر اشتیاق زَن اوس ہیے نہٕ کانہہ۔ عٔزیزٕ ووٚتھُس۔

"عٔیز دوہہٕ دِژ سیٹھن چھُٹی۔ جُمہٕ گوامہِ دوہہٕ تہِ موٚزوٗرِ۔ اَسہِ آسہٕ سُمتھ ہارِ سوٚنبر اوِمژٕ۔ کتہٕ مونگُر اوٚن تہٕ حلال کوٚر۔ ماذِ سیر ژوبٕرِ رنہٕ نأوی خاتہِ اتھِ۔"

راجس کھُژ دژہ۔

"ہَے سو بچأر ہے اُس بڈ ژُکہِ سان کھیاوَن تہٕ چاوَن۔ تِسندی کِنۍ باسیو زِ اُسی چھِ پردیس منٛز....."

"آہنٔ بۄز ہا..... توے ہا چھی بُتھس اُڈی جہِ کھانکھر دژامتی....."

"نامے یہِ زَن صداقتھ آسہِ تَتھ کیاہ وُنِی زِ..... یِژہے اُسی کرَن مےٚ...."

راجن ووٚنُس نہٕ کِہیں۔ رژِھ کھنٛجہِ گےٚ ژھوپہٕ مگر عٔزیزٕ اوس بے شوٚعوٗری منٛزٕ وُنہِ تہِ اوٚنگجو ستی گُنزن گِنڈان۔ اَلبتہٕ وارِ وارِ۔ أتی اوس شرِوِنی گژھان تہٕ أتی نہٕ کِہیں۔ آخر ووٚتھُس بےٚ زُو آوازِ منٛز زَن تہٕ جِس بزوِنژھٕ کنہِ جُرم یقبال گران اوس۔

"آہَنی راجے۔ کھبتھ چیتھ ہَے اوسُم چھونن یتھے ژٕ یاد پیوٚن اُسہٕ

ہم......"

بۄزی تھٕے زَن ژُھنٛکھ راجس نۄر بالپٹن کلہٕ نلہٕ۔ کنہٕ پھچھٕ تام وۄزلے یَس۔ کلہٕ بون کُن ژِھلِتھ پیٹھ ژۄر نظر وعزیزس وُچھنہٕ۔

ییٚلہِ سُہ لگاتار چندس اندر کُنزن زیر زیر دِوان رۄد، تَمہِ وِژس زیر۔ "یمن کُنزن کیٛاہ چھےٚ وُنی کبس کرُن؟ ٹرنکہٕ چھےٚ اپارِ تہٕ تتہِ چھی یم شۄنگِتھ۔" بۄزِتھ لٔج عزیزس زیر۔ سُہ گوو ہُشار ہیٚو تہٕ بیۄٹھ راجس کُن ہانگل ہیٚو وُچھنہٕ۔

راجن واہراوِ زبنگہٕ..... زَن تہٕ کھر ژٕجس نیرِتھ تہٕ دستس اندر وأژ۔

عزیزن وُچھ تارس پیٹھ ژأنٛگس بڑوڈ وۄتھمُت۔ گاش اوس سبٹھاہ کم گومُت۔

راجن ہیٚتی کھر وکھ مارنی۔ بلکُل تتھےٚ پأٹھی ییٚلہِ عزیز دوہ زٕ دوہ کُن گڑھِھے تہٕ واپسی پیٹھ أسس ونان أچھ پیٹھ أچھ گیم نہٕ یمن رأژن تہٕ أس ہوان کھر وکھ مارنی.....

تمہ ترأو گھٹس ژووپأری نظر۔ دۄپُن امرتسرِ کۄٹھرِ منزٕ ے چھسا کِنہٕ پننہٕ گرِ۔ راجی کھر وکھ بۄزِتھ گوس تسلا ہیٚو تہٕ زَن تہٕ پانٛس ستی وۄنُن:-

"پکھ سأ پانا۔ اَز تہِ زَن گوٚے وُنیٚندرُے۔"



# زۄنہٕ ڈَب

پٔنڈِتھ دژاوٹھوکر کُٹھِ تہٕ مٔنجن نوشہِ چاے۔ چاے اُس نہٕ تیار۔ بأژ بأژ اوس نیٚنِدر رِووتھان تہٕ سو اُس چایہِ کھوس کھوس لاگان۔ پٔنڈِتھ ڈیوس۔

"اکہٕ دوہہ زَن ڈاجوتھ رُٹہِن۔ بۆڈ چایہِ بۆ ہکُنا تھَویوتھ کٔرِتھ۔ یُس وژھووتہٕ چِھ یےیَن..... وولہٕ اَن ووٕنی دودٕ کھوہے۔ پَتہٕ لگہِ "زۄنہٕ ڈب☆"۔

لٔڈکہٕ اوسُس شُربن سکول وردِیہِ گُنڈی کران۔ پٔنڈِتھ وولبوٕ۔

"أسکھ نہٕ زَن اَز گُنڈی کٔرِتھ۔ پَتہٕ؟ رنگا رنگی چھِ یم انگریزی سۆ کوٕل صرف یک رٔنگی بڈاوان۔ ہٕنہہ! یوٗ۔نی۔فا۔رم!"

☆ 1960 تہٕ 1970 ہِکس دٔہلس منٛز اوس ریڈیو کشمیر پیٹھ دوہے صُبحس اکھ سبٹھاہ مقبوٗل فیچر پرٛوگرام "زۄنہٕ ڈب" نشر سپدان۔

لڈکن وڈ‌ٚس نرمی سان۔ "وُنہٕ مہارا بجے یہِ سواد‌َے ستھ۔ ساڑِستہِ کڈٕ ہہ گُندی تہٕ ریڈیو تڑاو۔"

پٔنڈی تَن ہیٚڑ وس خبر کیاہ وُنن زِ پیٚٹھے کھٔڑس زنانہٕ بونہٕ پیٚٹھ دوان۔ تٔسی کُن وڈ‌ٚتھ۔

" کانٛہہ شوق چھُنہٕ یمَن میٲنبن شُربن۔ صُبحٲے آسہٕ ہَن ریڈیو تڑاوان۔ مُلکھ بوزان زٕونہٕ ڈب۔ یم بنے یم جاد‌َے انگریز۔ تلے اُنن نوش تہِ۔ بٕ زِ واز کیاہ ونَن۔ کیا ڈڑاما لاگن !"

زنانہٕ وٕ ڑھس بڈ ہٹہِ درجَواب۔

" یہِ اوس اَز شُربن اکسکرشن گژھُن۔ سُلی گو چرِی گیُش۔ ژنے گیی نیٚنڈرِ کھینٛچل تہٕ اَز گوہَس پَزنہٕ وٲنسہِ سُلی ہُشار۔ کرٕ کھ کیاہ لٲجتھ صُبحٲے۔ بہٕ کھٔڑس دوان۔ گاڑاٍ سس پہان۔ مےٚ دوٚپ خبر کُس وژف گو۔"

" گژھ وس۔ دِ گڑٕ‌س پھیُر پھیُر۔ توہی سٲری چھِو ہوی۔ دِوان گڑٕ‌س پھیُر پھیُر ....."

بیٚیہِ خبر کیاہ وَنہِ ہے یہِ نَے نوش دودٕ کھوس نٔرس پیٚٹھ تھوہیس۔ وُشُن دودِ گوٚل چوان ہبٔڑن پٔنڈی تَس ڈِکسہٕ گژھنہِ۔

دوہ دِشکِ پٲٹھی اُس ریڈیوہَس پیٚٹھ "زٕونہٕ ڈب" لٔج ہزٕ مگر کھوس تڑاوِتھ اوس پٔنڈی تَن نوٚر شاند دِیتمت۔



# بیٚہ اَکھ دوہ

گوٗپی کرٛشن اوس بسہِ دارِ کنِ وُچھان۔ دوٗرِ داں کھهو اَپور وِرِ وارِ و اَپور وُڈرِ اَپور کوٚہو اَپور۔ دوٗر رِچہِ وِیرِ آسہٕ پتھ ژٕلہٕ وِنبو داں کھهو مُقابلہٕ بڑونٛٹھ دَوان۔ تِمو اَپاٗری مہِ وُڈرِ آسہٕ زَن تہٕ پتھ گڑھان، وُڈرو اَپارِ کوٚہ اُسی زَن تہٕ بسہِ ہتی مان گران تہٕ بڑونٛہہ دَوان۔ اَز تانی اوس نہٕ سُہ اَتھ زانٛہہ سینوٗمُت زِ کوٚہ تہِ کیٛاہ آسن ژلان یِم ابدٕ بدبو وٗری یو پیٛٹھہٕ اُتی ہیٚتھ گاٗمتی چھہِ۔ "ہلہٕ کر ڈلہِ کوٚہ"۔ تِمِس ژوٗل ہکہٕ نیٚرتھ بڈٕ۔ اُسن آس۔ اماشارتہِ چھا تِتھے کُنہِ نٲزِل گڑھان؟ لفظ سِمے یہِ پتہٕ معنے پانٛئے نیران! کوٚہ؟ خبر پَزی ماڈلہِ مگر دوہ کڈُن چھا سہَل؟

"اُزیک دوہ کڈون اُسی ہیٚتھ کُنہِ زِ ٹاس تہِ نیٚر بس نہٕ۔ ژٕ کمن غوطن گومُت؟ یہِ چھُنہٕ واڈٕ!"

وَنن واکۍ لوٚیس شان ٹاس تہٕ کٕوُچھ یہ اوٚسن پکہٕ مہ سیٹہٕ پێٹھ

بِہتھ محی الدین سِگریٹھ پلہٕ ناوان۔ "رٹو ہیا۔ اَز ناکری زِ نہٕ بہانہٕ !"

اما بہٕ اوس سہ بڈِ ہٹہٕ ونان کینہہ؟ کِنہٕ اُمی پوٚرمٕ بُتھ؟ سُہ گوٚ سونچس۔

سِگریٹ زوٚلُن۔ واری یاہہِ کاٹلی چِینہٕ کٔنۍ آلیس ژاس۔

زَن تہٕ ساڑے بس اُٹھی پڑاران اٚسی۔ تمو ہیٚتس ٹێپھ ژٹنی۔ محی

دنین ووٚن ہبڈ کلرک قادِ صابس کُن یُس فرنٹ سیٹس پێٹھ بِہتھ جچیرِ دام دام

دِوان اوس۔

"اوس سہ حق بہٕ ٹھیکھ ونان؟ ژاس گُری گُری چھُنا گوٚپی کرشن دٕہ

واپس کھالان۔ مگر مُشکِ کوٚت گژھبس؟ تِتھ روزبس بابی شہادَتھ۔ اَزی کس

تاریخس تہٕ وقتس چھِوٚ توٚہی گواہ کہ محی دین نے آج گوٚپی کرشن کو سگریٹ پلایا

تاکہ سَند رہے۔"

بسہِ منز ووتلے یہ اَسن کھنگالہٕ۔

قادِ صابن لاے فرنٹ سیٹہٕ پێٹھ کرٕکھ۔

"تم ہا چھے رایہِ محی دینا۔ ژٕ آسکھ دِپان اَز سِگریٹ چتھ کرِ گوٚپی

کرشن بیٚیہٕ شروٗ تہٕ پتہٕ کرِ پوٚنسہٕ کاڈے تہٕ پتہٕ گژھبس کُنہٕ دوٚہہ زنانہٕ ستی لڑاے

تہٕ ژٕ پھولکھ! سبٹھاہ دوٗر چھُکھ سونچان..... بیقلا! اَوِل تاریخہٕ چھُ زنانہٕ مردِ

سُند بُتھ وُچھتھے نَنان زِ یہ کوٚتاہ چھُ اورے بٔڑلوٚ ژراُ وِتھ آمت....."

"زنانہٕ نہٕ۔ صاف وَن ساٗ بابی چھُ نَنان زِ گوٚپی کرشن کوٚتاہ چھُ سِگریٹ

واٗلِس ہوٚرتھ آمت۔" کٔمی تانی لاے پتہٕ کنہٕ کرٕکھ تہٕ بیٚیہٕ ووتلو اَسن کھنگالہٕ۔

کیشیر نیاز احمد وۆنھ۔ "ہا نوہہِ پھۄون نہٕ بدنام کۆرمُت گۄپی کرشن۔ پانہٕ چھِن سگریٹھ ترآوی‌مِتی مگر بہ چھونس اۄتر فِسٹکہِ دوہہَ پۆر ڈٲبِ"۔ رِکاڈ کیپر چۄنی لالن ذیتِس ٹرنگ۔ "چھونکھ نہٕ دَپھ جبرَن ہیوت تھس۔ یہِ رۄدُے یاد مگر سون ماتھوٚیوتھ زانہہ یاد.....؟"

قادِ صأبَن کۆر رنگھ رۄنکھ۔ "ہیو یہِ کُسو دلہِ واتژن لوگو؟ بیقلو اَز تہِ تژ آوِو نا دفتر؟" کتھِ ڈٲج نٕہج تہِ شور ہمو۔

گۄپی کرشنس اوس دم ہیوٚ گومُت۔ یِم چھامے پتہٕ تہِ میٲنیے کتھِ کران آسان؟ میٲنین تنخاہ پأنسن ہنز، میٲنین گرِ کین بأژن ہنز..... تسن ہبژن بُمہٕ چارنہِ۔ تِمی تژوو زیوٚٹھ ووش تہٕ تتھی ستی دِہی لمبٕٹھ۔ پانس ہیوٚژن سام۔ دۆپُن گرس اندر چھِ سارِنے لانٛج آسان مگر میٲنی لانٛج چھا دفتر تہِ واتان؟ میوٚن وبو ہار چھا ویوٚ کھُت؟

پتٕ کنٕہ لویُس مُحی دینن بیٖیہِ شانَن ٹاس۔ "ہَیو ژٕ کونا واپس پھیران؟ ژٕے ما پھِچھے راے اَز تہٕ چھُکھ گری؟ مگر یاد تھو اَز دوہ چھُ سون۔ أزی کہِ دوہہ چھُکھ ژٕ سون۔ رٹھ چےٚ بیا کھ سِگریٹھ۔"

قادِ صأبَن بۆز۔ تِمی لأے فرنٹ سیٹہٕ پیٹھے بڈِ کرٕ کھ یتھ نہٕ اِنجنہٕ کِس شورس منٛز بوڈِ۔ "زنانہِ ہیوٚتتھ سا اِجازتھ؟ کِنہٕ نیوٚتھس ہِش مُشِس منٛز کبالہٕ گرِتھ؟"

چۄنی لال آو بیک سیٹہٕ پیٹھ تہٕ مُحی دینس لوٚگ چندن تلاشی کرنہِ۔ "کڈو سِگریٹھ ہَیا۔ أسہ أزی کہِ دوہکی سِگریٹھ تہِ حِسابس گٔنڈی‌مِتی چھِ۔"

"اچھا ا اَسہِ دوٚپ اَز کتھ چھُ محی الدین فیاض بنیومُت تہٕ گوٗپی کرٛشنس سِگریٹھ آفر کران۔" یہِ ونان ونان آیہِ باقیو سیٹو پیٹھ ساٗری تہٕ پیٚیہِ محی دیٛنس پیٹھ زِ کٕڈ سِگریٹھ۔ بسہِ منٛز ووٚتھ جوٗٹ۔ ڈرایورَن کوٚر رلوٚت تہٕ پتھ کُن نظرِ دی دی چھُ حالاتھ سمجھنچ کوٗشش کران۔ غولام قاٗدرِ ووٚتھس۔

"ژٕ مہِ حض گابر وو ستا۔ یم بچاٗری چھِ اَز یلہٕ ہوی گاٗمتی۔"

پتہٕ لاٗے نکھ کرٕ کھ۔ "ہیو خود غرضو بب گوٚوامٔشدٕ ے۔ اَصل مال ہا چھُو میٚاٗنی ہے قبضس تل۔" تمُ ہیوٚت تمَن ہاٗوی ہاٗوی اُکِس دیگچہ وارِ ٹھانہٕ تُلُن یتھ اندر روغن جوش اوس۔ ساٗری دوریہِ اِنجنَس کُن ییتمن دیگچہٕ وارِ مجمہٕ ژوچہِ زاٗنہٕ سماوار بسکوٗٹ ڈبہٕ بیٚترِ اَسی۔ "ہیو مازٕس ہا گولوٗٹھ"..... اُسی اُسی تہٕ دماٗلی گری گری تُجِکھ بَس نکھَس۔

ڈرایورن ووٚن کلینرس کُن۔ "یمو تراٗوی مدرسہٕ شُری تہِ پتھ....."

گوٗپی کرٛشنس تہِ آو اُسُن۔ دوٚپُن:- بچاٗری! بوچھے ٕمتی ہہہ۔ یڈاہ برہَن تہٕ پےٚ ہَن ہپہِ لیٚلی ہوی۔ ہنہہ! اَز دوہ چھِم ونان۔ زَن پگاہ بدلے ٕمتی آسن!

سُہ بیوٗٹھ دارِ کنی وُچھتھ بسہِ اَندر مہِ تماشہِ نِشہِ پُنٛن توجہ ڈالنہٕ۔

دوٕنہِ بسہِ ٕستی ٕستی اوس ہارنہِ کھسہٕ وِنہِ برِری یک پرتَو داں ڈُلومنٛزی دَوان تہٕ ژھایہِ گتی کران۔ پاں جوٕیہ آسہٕ اَکہِ انٛد داں ڈَلن اژان، ژوداپور واہراونہٕ یِوان تہٕ اُخرس بیٚیہِ انٛد نیران۔ بیٚیہِ اَژان بیٚیہِ نیران تہٕ اُخر موکلان۔ اُتی جوے اُتی نہ کھنی۔ یٚیتمن جویہ ہُند پوٗنی ڈلہٕ نیرتھ گُنہِ کھوڈٕس منٛز سمان اوس تتمن اُسی کھبلہٕ ؤتھر تہٕ پوش کھٕتی ٕمتی۔ داں ڈُلس اندر آیہِ واہراونہٕ تہٕ سُہ

منچھر تہٕ شہجار لُس غیپہٕ بالہٕ بٕٹھ وٕسہٕ وِزِ ستر آبتھ موکیوکھ۔ اِنسان تہٕ چھ
بڈان بُڈان تہٕ ژھوکان۔ مےٚ تہٕ جوٚکھ سبٹھاہ مگر حاصِل؟ شاید صِرف یِی زِ گرٕ
چھُسن دوہے اَنان پھُٹٕج گرِتھ تہٕ دفترٕ میزس پیٹھ واہراوان۔ مگر دفترُک اَکھ تہٕ
بےٚ پھرٕوک دوہ نیٚوم نہٕ گرٕ۔ یتھے دژاس تِتھے ژاس۔ ژاس تمی برٕ تہٕ دژاس تہٕ
تمی برٕ۔ یوتانٕ ژھوکیوس۔ تورٕ کُن لُجم نہٕ زانہہ وتھ ییٚتین کھبلہٕ ؤتھر کھسان چھِ
پمپوش پھولان چھِ۔ تتین کوٚڈُم نہ برٕنزِس تہٕ زانہہ تھکھ۔

اَکہِ دوہہ کوٚر گوٚپی کرٕشنن دِل دوٚر تہٕ ووٚتھ زنانہِ کُن۔ "بوٚ زتھے
کاٗلی کبتھ چھِ آتھوار۔"

"اِدٕ کیاہ آسہِ؟ اَز چھِ شوٚ کرٕوار پگاہ بٕٹہٕ وار تہٕ آتھوار کرِتھ ییہٕ
ژٕنڈرٕ روار!" زنانہِ زَن توٚر بٕز وٕنٹھے فِکرِ تَس کیاہ اوس وَنُن۔

"وُچھی۔ کوٚت کال ووت شُربن پھتو پھتو کران..... ؤری واد گے
اَسہِ گرِ نبرٕ نیرنَس۔

قودرتی موکلبوٕ یمن امتحان۔ ژٕ ے تہٕ چھےَ کمبر دگہِ فرٕقے..... سنٕز کلو
انٕے ہٕ۔ کالے تھوٚس تلٔبن دِتھ۔ صُبحٕ ے اَنے پانژن روپئن کاندرس نِش گرِدٕ
تم تلوٕ ستی۔ دوہ دِموہ ہاٗرون باگس منٛز....."

زنانہِ گو وُچھان وُچھان بُتھ زن ہٕنتھ۔" مےٚ چھےٚ دوٚہے چکرن
ہاٗل۔ اُزی کہِ زن گیس نہٕ.....!"

"میوٚن مَرُن چھے یتھ نہٕ ووٚنی نکار کرکھ۔ ژٕ ما چھکھ ہاٗرون زانہہ
گاٗمژ!"

"باقے ژھٕس سارِنے جاین نی ہژ۔ رتہٕ وادن ژھٕس پہلگام تہٕ گلمرگہِ کھاٲرہٕژ۔ نشاطن تہٕ شالہٕ ماٲرن پھِرناوہٕژ..... مےٚ مہ دِوناو ووٚنی بُتھِ بُتھ۔ مےٚ چھُنہٕ کُن گژھُن۔ مےٚ کیاہ ساٲلو بغاٲر دزایہ نا ارداہ وٚری؟"

گوٗپی کرٛشنن وُچھ زنانہِ کُن غورٕ سان۔ مس ہیوٚ تمت نیرُن۔ اُچھن اٚندی اٚندی کرٛہنۍ آرٕ گاٲمتۍ۔ اَتھ کھور پھُٹۍ مِتۍ تہٕ پھُہر واو ہوی گاٲمتۍ۔ کوٚب نیرچ آلاٲیش..... تمِس گے دِنن۔ ارداہ وٚری گیا اَسہِ کھاندرس۔ ہاٲرون بوٗزِتھ آیس نچہِ کورِ بزوٚنہہ کُن۔ یورٕ بیوٚ ٹھُکھ ہے بنگہ ہیوٚ وُچھنہِ۔ تمن اُسی بُتھی لیڈرے ہتۍ اتھن ہوگاڈٕ گاٲمژ۔ نہ بتھی لبن صیحتک ووزٕ جار نہ اُچھن منٛز شُرِل یا تمبلُن۔ مول ماٲج کتھ ژٲٹان وُچھتھ گیہِ تمہٕ لوتی واپس تہٕ شژ پیٚیے یہٕ کوٗنس۔ پنہٕ نمن پنہٕ نمن بچوبن صوٚندوٗقن پتہٕ کنہِ رِکتابن تہٕ کاغذ ورقن پھِرن پھِرن دِوان۔ زَن تہٕ جان دار بچومُرژ آسہٕ۔ زَنانہٕ ژایہِ واپس چوکس اندر۔ سُہ رُوٗد کُٹھِس منٛز باگ تِتھِ غلط ہٕتھمکۍ پاٚٹھی کھڈا تالوک بار ہیوٚ ٹلان یُس ژٕتُن کُٹھ لاگہِ کار بناونہٕ خاطرٕ ضوٚروٗری آسان چھُ۔ شُری چھِ امی وِزِ جدن ہنٛزِ کم عقلی پتھ افسوٗس کران۔

"گری ووٗ گوٗپی کرٛشنہٕ نِس خوٗنس چھو نیا ٹونیا۔" ماز پھوٚل کھوان کھوان ووٚن محی دپنن:- سارنے ہُند دیان گو گوٗپی کرٛشنس کُن۔ سُہ وُچھکھ دارِکنۍ خبر کیاہ وُچھان رووُمت ہیوٚ۔

تمہِ دوہہ تہِ اُس کیاہ تانۍ چھُٹۍ۔ نیٚندرِ ووٚتھ ژپری تہٕ کلہٕ اوسُس گوٚب باسان۔ راتِس اوس خبر کیاہ سوٚنچان تہٕ ڈُلہٕ گنٛدی دِوان رُوٗدمُت۔

وَجھہ اوس نہ زمینہٕ رُکل یُس تَس مالہٕ چھُس نَز کورمت اوس تہٕ یُس پٔتہٕ موٗ کاہوٗ ورِ یوٗ پیٹھہٕ وآران پیوٗمُت اوس۔ پانژ وٗرِ یو پیٹھہٕ آسس نہٕ تتھ نظر دِنس تہِ زانہہ فُرصتھ آمژ۔ مکانہٕ بناونک یِیلہِ خیال آس، کوربن دون ہنژ ذِمہٕ وآری باسے یَس سینس پیٹھ زَن تہٕ نارٕ ٹوک وٗہان۔ کانہہ دوہ کانہہ ژیُہہ اوسُس نہٕ تیُتھ لبنہٕ یِوان یِیلہِ شیہجا راہ کرِ ہے۔

مَگر تمہِ دوہہ نیٚندرِ وٗتھتھے دِژِن کلَس دِنن۔ دوٚپُن اَتھ نارس چھُ مُژی مُژی چھِرکاوکرُن ضرورٕی۔

زنانہٕ بُلاوِن۔ دوٚپہٕ نَس۔ "اَز گژھو شِہلی پوٚر۔ زمینس دِمہٕ ہاونظر۔"

"اِڈ کیا گژھو۔ اَز چھےٚ چھُٹی تہِ۔"

تَس بڈٕ بو حوصلہٕ۔ زِتھس کٔرتھ بیہہ نأوِن بسترس پیٹھے۔ مس لنگ بتھِ پیٹھہٕ ڈالان ووٚتھُس۔

"یُتھ نہٕ نکار کرَکھ۔ بوز۔ اَز کھمو بتہٕ سُلی دوہہ دِشکی پأٹھی۔ سٹووتہٕ چاپہٕ سامانہٕ تُلوٗ سِتہ۔ پتہٕ نِس زمینس پیٹھ واہراوو ستہٕ ژنڈتہٕ دوہ گذُ اروتی۔ ژتہِ وُچھکھ کُس کھُلہٕ ڈُلہٕ فِضا چھُ تیتھ۔ اَکہِ طرفہٕ چھےٚ جوے وسان وِرِوارُک ہواہ، دوٚرِ شینہٕ بالن ہُند نظارٕ..... وائے! مکانہٕ بناونک تماہ تہِ دژام نہٕ زانہہ!"

سوٗ کملے یہ رژھاہ مگر بییہٕ وٗژھس ژرژان تہٕ شینکان:-

"اَز کتھ پیٹھ چھےٚ خیال آمُت؟ سوٚپُن ما وُچھِتھ کینہہ؟..... مےٚ کیاہ۔ نہ چھِم زمینےٚ وُچھمُت تہٕ نہ چھِم مکانہٕ بناونک تِمہے زانہہ کوٚرمُت!"

"ناراض مَے آس گژھان! مےٚ گےٚ پانٚس ستھ اَتھ ؤری تورنظر تہٕ دِنٚس۔"

"اِدٕ دی زِہَے۔ مےٚ کوٚر یہِ ٹھاکھ؟" اَز اوس تَس خبر یتھٕ کٔنٛ کتھِ ہُنٛد لہجہٕ نرم۔

"وُچھی۔ ژےٚ نِش کیاہ چھُ کھٔٹتھ؟ مکانک خیال چھُ مےٚ ترٛ وومُت۔ وٕنی گو اُتی چھُ۔ یگاہ ییلہِ کوربن وارِ کارِشرٛ ؤژ پاں گڈٕ وترٛ اونک وق واتہِ، اِدٕ دکہٕ دِموس۔ وارِیاہ بال بیمو۔ اَسہِ باٗژن دون چھُ یہِ کُٹھی نکہٕ وورسبٹھاہ۔"

ونان ونان آسہٕ ہَن تَس اُچھ اُدریمٕژ تہِ کیاز زِ زنانہِ اٗسس تھلہِ وُچھان۔

نوکری پتہٕ اوس دون ترٛن گنٛٹن باپاٗرس گس تانٛی حساب لیکھان تہٕ ہتھ ڈوڈ ہتھ روپیہٕ وٹان۔ زٕ ژور دوہ اٗسس گاٗمتی صُبحاٗے نیران تہٕ ٹیوٗشن کٔرِتھ یوان۔ اَمہٕ کھوتہٕ جادٕ کیاہ سناہیکہٕ ہے سُہ کٔرِتھ۔ سگریٹ ترٛاٗوِن، جچرٕ تُجِن، نفوٗس کاٗنٹہٕ کوٗرُن۔ تہٕ کٔرِتھ تہِ اوس نہٕ باسان زِ ییہٕ پانژن شن ؤری ین تانٛی کیاہ ہیکہٕ کورِزٕ نکھٕ واٗلتھ۔

زنانہِ گیہِ اُچھ زٕ بون گٔن۔ لوتی ؤژھ تھوٗد تہٕ کہِ بجہِ اٗسی ساٗری تیار گژھِتھ بس اَڈس پیٹھ واٗتی متیٚ۔

یہِ نہٕ وومید تہِ اٗس تہٕ یعنے ساٗلس نیٚرن اوس از ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مُمکِن سپدمُت اِوکِنٛ اٗسی شُری ژبنگان تہٕ ماٗلس ماجہِ اٗس نہٕ پرٛژھ یوان اَسہِ تہِ چھا خوٗشی مناونک کانٛہہ موقہٕ میوٗل مُت۔

تاپہٕ وودا [illegible] آبہٕ شولان [illegible] منز اوس ڈشایئن خوشوٕنہِن فلمی
بأتَن ہُنٛد کیسیٹ لوگمُت۔ موٚسم اوس اَسان، لۄکھ أسی خوش.....

گوٗپی کرٛشننہِ زنانہٕ وُچھ اَز گوڈنِکہِ پھِرِ زِ یتھ سوگام سمجان اُس توٚت توٚت تانی چھِ شہرِ کی لۄکھ مکانہٕ بناوان گأمتی۔ شہرِ سری نگر چھُنہٕ موکلانہٕ تہٕ گام گرِ واتو أسی؟

یِمن مکانَن اوس آنگنن منز بہار شولان۔ پوشہِ کُلی تہٕ سبزار اوس رنگہٕ بۄنگلن ہمیشہٕ روزوُن یاوُن زَن بخشان۔

خبرٕ رۄزٕ کھ نہٕ یوتانی شہلِکی پٕر روأتی۔ تتہٕ تہٕ اوس مکانہٕ جنٛگل زَن کھوتمُت یتھ زِ گوٗپی کرٛشنس چھُنہٕ پَنُن زمین اتھی ہِوان۔ أندی پکھکی لۄکھ گَے حأران زِ زأناہ تہٕ ٹھیلاہ ہبتھ، کورِ جوراہ ستی تِلتھ تہٕ وولہٕ سنس ہوِی آمتی یم سادٕ منوش کوٚت دزٕامتی تہٕ کیاہ ژھانڈان!

اندازن یوٚت یم وأتی تتِھن آونہٕ گوٗپی کرٛشنس پَنُن زمین اُتھی۔ ژدواپأری أسی مکانہٕ کھتیٕمتی۔ اتھِن اوس صرف اَکھ لوکٹ زمینہٕ ژٕکل موکُل یتھ منز باگ اَکھ گنٛڈِ آبہٕ دوب اوس تہٕ محلک ژھوٹھ جماہ اوس۔ ہوژن پھکھ زَن اوس شِشہٕ ناربن تانی أژتھ گژھان۔ أندی أندی أسی مکانہٕ والین ہنٛد بن آنگنن منز بادام گِلاسہٕ تہٕ یوسمن پھُلےٚ دزٕامتہٕ مگر پوشہِ مُشک اُس نہٕ زَن یور ترٛاس تہِ بُہران۔ سُہ گومُت باگ ہِیتھ۔ زنانہٕ تہٕ کورِ آسہٕ نہِ فأصلے ہبکان کٔرِتھ زِ یِیمہِ زمین چھِ خوبصوٗرتی ہُنٛد ذِکر تموٗ وُنس تانی ہٕزمُت اوس توٚتے أسیا تم وأتی متی کِنہٕ کُنہِ نرکس منز۔

گوٗپی کرٛشنن دِژ کرٛکھ:-

"ہَیو لوٗٹروَ ! میون زمیٖن چھوا کھیومُت ! بہٕ ہا والہٕ ناووٕ چھلہٕ چھلہٕ یم دیوارٕ۔ نار ہا دِموٕ مکانن۔ یہِ زمیٖن نا چھنہٕ لاوآرِث۔ یہِ ہا چھُ میوٗن۔ بہٕ ہا چھس ییمیک ماٗلِکھ....."

اکھ تہٕ ہم سایہِ دژاو نہٕ جوابَس۔

تَس ہوٚکھ ہیُر کرٛ کہٕ دی دی۔

زَنانہٕ گرٛنَس نربن تھچھ۔ زَن تہٕ سُہ سارِنےٚ ستۍ لڈٲے لاگہٕ ہےٚ۔ شاٗنِش کھژٕس۔ کوربو ہیوٚت وڈُن۔ اُخرس دژایہِ ژوشوٚے باٗژ پھٔلِتھ تہٕ رِوان واپس زَن تہٕ گَس تانۍ ٹاٗٹھِس باٗژَس داہ دِتھ شُمشانہٕ پٔٹھٕ گرٕ یوان آسی۔

داں ڈل اُسی تمہِ دوہہ تہٕ تِتھے پاٗٹھۍ پَتھ ژلان۔ تہٕ سُہ اوس دارِ کنۍ وُچھان روومُت ہیوٗ۔

غولام قاٗدر ووٚتھ۔ "یَس کورِ خاند رسو کوٗرلو برن۔"

ساٗری گےٚ گوٗپی کرٛشنہٕ نہِ سیٹھہٕ اَندی اَندی جماہ۔

"ووٗنی مابنہِ اَتھ کینٛہہ؟ ژٕ تہٕ گوکھ ہارٕ خرچاٗوِتھ۔ پچھتاونہٕ ستۍ کیاہ نیرِ؟"

چوٗنی لالن ووٚنُس ظاٗہری ہمدری سان۔ "ژٕ مابر پرواے۔ بہٕ ہا سمجاون بابی۔ دپِس ہارٕ کجہ اَسہِ سارِوٕے...."

"اَیزٕ چھا؟" نیاز احمد ووٚتھ۔ "اَسہِ دِژٕ نا پنداہ پنداہ ڈبل؟"

چوٗنی لال زَن اوس جادے پریشان۔ "نا۔ مرٛن چھُ۔ اَسہِ ناپزٕ ہے

نہٕ أمی ہِنٛدِس ساٗری ہے اریرِس جوٗنٹہٕ ماٗرن۔ گرِ کیا آسہن وۆنمُت بچارَن!"

قادِ صاٗبہِ ہبڈ کلارک آوتہٕ ساٗری کٔڈن پنہٕ نٔبن پنہٕ نہن سیٹن گن۔ پانہٕ بیوٗٹھ گوٗپی کرٛشنس نِش۔ اَتھہٕ تھوٗوُنس شانَس پیٹھ "یوٗت نا گرٛھِ نہٕ سوٗنچس گرٛھُن گوٗبزِیا! نا پزٔی چھُہ یہِ ژےٚ پھیران؟ اِڈ ژمہٕ برغم۔ دوٗن دوہَن مَنٛز ڈِیاوے یِم روپیَس شےٚ ہتھ وۆصوٗل گرِتھ..... ووتھ ہتتھ مےٚ نِش ۔کرسارِنےٚ ہتیٚ اُسناہ بِگنٛدُناہ۔ بومہٕ لدمہ لاگ؟"

"نہ حض سو چھنہٕ کتھ۔" گوٗپی کرٛشنس آیہِ أشی ٹاٗری برِتھ..... "وٗری دادِ حض گیہِ مےٚ شُری کُن چکرس نِس۔ بڑونہہ أسی مُحلہٕ لاگان ووٗنی چھِنہٕ ونان تہٕ۔ مےٚ پھری مکھ صِرف بُتھی صرف کرِمکھ گرٛژ..... یہٕ حض چھُس تمن ہُنٛد گونہگار۔ نہ چھُس ہوٗنٛز واتان کُن نہ رادِ۔ زمینس ژور مرلہٕ ہنگ اوسُم تماہ تتھ چھےٚ نہٕ برابری یِوان..... زنانہِ حض چھُم نہٕ اَکھ پلو سُونو وُمت۔ سُنٛدی جن چھُس زاٗلی دِوان تہٕ ہہنٛد وبند چھُم اَتھِ گرٛھان۔"

یہِ بوٗزِتھ تژ وو قادِ صاٗبن ٹھاہہ ٹھاہہ گرِتھ اُسن۔

"ہیا بیقلا۔ یِم چاٗنی یار اَز اسان تہٕ ژےٚ بے فکرِ باسان چھی یِمَن تہٕ ہاگرَن مَنٛز ژوکھُر گومُت آسان۔ مگر اریرِ ہا یِمَن تہٕ دژامتی تہٕ أسی چکرن گاٗمتی۔ مرُن مُشرِتھ۔ وَن تہٕ چھُکھ نا بیقل لاگان؟"

گوٗپی کرٛشن دِژ بیقلہٕ ہِنٛدی پاٗٹھی بیٚہِ دارِکنی نظر۔ داں ڈل أسی پتھ ژلان تہٕ بسر یہِ زَن اوس تَس داں گلوٗ مَنٛزی أچھی ناٹہٕ کران۔

☆☆☆

# ونہِ راول

تار ئٹھ گوس بہٕ رٕژِ کھنڈِ سوٗنچس ز دِمہٕ کِنہٕ نہ۔ تارِ وأٹی لاجوو مُجادلہٕ زِ تار چھےٚ چندر ہٕنڈِ ناوٕ تہٕ تٔسی حوالہٕ کٔرِتھ دسخط ہیوٚن چھُ تٔسنٛد فرض۔ کمہٕ کشالہٕ مأنٛزٛ رووےٚ سُہ زِ تارِ منٛز چھےٚ یچھ خبر اوٕ موکھ دِمَس بہٕ پانے طریقہٕ سان۔

تار ہیتھ ژاس بہٕ چندر ہٕنڈِ درواز۔ اَتھس کٔبتھ زن شیطان چیرٕ رٕٹتھ یُتھ نہٕ بےٚ موقہٕ پھیار کٔرِتھ گژھِ۔ کشمکشن ٹُل نم أندری ویٚہہ۔ کِتھٕ کٔنٛز وَنس؟ أتی سونٛچُم۔ ہَتا اَمِس کیٛاہ؟ تلہٕ پٔڈِس تہٕ پیَس نہٕ کشُن۔ غم غلط کرنہٕ خأطرٕ کڈِ بوتل تہٕ حف ہیوٚ پییہِ صُبنس تانٛزٕ۔ کولہٕ ونہِ راوٗل!

تارِ منٛز اوسُس لیٛکھتھ زِ مول اوسُس جیٚمہِ سڑکہِ حأدِثس منٛز گذُریومُت اَز صُبحأے۔ مےٚ لگوو اندازٕ۔ پگاہ صُبحس تانٛزٕ ہیکہٕ ہأن بڈٕ مُشکلہٕ

سان لاش زٕ ژھرأ وِتھ تھٲوِتھ۔ بیٚچھ گرمہٕ کرٕ اے! زٕ ژھراوٕنی تہِ أسکھ ضرٕوری۔ بۆڈ نیٚچو یۆ تانٛی نہٕ واتہِ ہیس توتانٛی کتہِ دِہأنَس داہ۔ کُنہِ تہِ پأٹھی گژھہِ چندر توتانٛی واتُن۔ اَمہِ حِسابہٕ چھُ أمِس فِلفور ییٚتہِ نیرُن۔

چندر ہِندِس کُٹھِس مَنٛز اوس تھدِ ٹی وی چلان تہٕ آتھوارِ ہِندی اِشتہار بولان۔ مگر نزدیک پہان أسِتھ بۆزمٕ صاف کتھہٕ کتھ اسن کھنگالہٕ تہِ پنجأبؠ لبکہٕ یِم ٹاٹھنیارٕ سان تہٕ سرٕدس مَنٛز یتھ پرٛتھ زٕ دارٕبے زٕ چیزس پانَس وہ پرس پنہٕ نَس پرٛدِس کڈنہٕ یِوان چھِ تہٕ یُس اَتھ براڈری یہِ تکیے کلامہٕ چھُ۔

پھرٛ ٹے مؤتوہہِ! مےٚ ژۆل ہکہٕ نیرِتھ۔ مگر بۆزنہٕ کأنٛسی۔ تاسس مَنٛز آوریرن پوونہٕ یِمَن ظوٚنے زِبہٕ ماژاس تہٕ گُٹھیگ دِہ کڈنہٕ باپتھ ماچھس بہٕ دارِ مُژران۔ أتی پییہِ چندرس مےٚ گُن نظر۔

مےٚ وُچھِتھ گوٚسہٕ ہکہٕ تھۆدٕ وُتھِتھ۔ اتھگ باز ترٛ ووُن۔ تاسہٕ پٔٹ آیہِ چھٔکرنہٕ ہلمہٕ مَنٛز چہٕ روپیہِ آیہِ واہراونہٕ تہِ سُہ گو ۂکی نہٕ ۂکی ہیوٚ مےٚ بڑونٛتھ کنہِ بتھِس وہ شلُن تہٕ أچھ نژان۔ تِمس چھُنہٕ فِکرِی تران سُہ کیٛاہ ونہِ مےٚ۔

اُسٔند یہِ حال وُچھِتھ گے باقٕے ترٛےٚ یار تہِ کھڈا۔ مگر تِمو سمبول یکدم۔ مےٚ اَتھن تھپھ کرِتھ چھِ تِم مےٚ بیٚہہ نس زور کران مگر بہٕ بیٚہأ کتھن؟ جایہِ جایہِ أسی مأکہٕ پلو ڈیٚنٛجہِ کرِتھ، ژھیٚٹ پیالہٕ تہٕ گلاسہٕ، بۆٹھ، چپنہِ کھنٛجہِ، صابنہِ چاٹہِ تہٕ بیٚیہِ خبر کیٛاہ کیٛاہ واہرأوِتھ۔ یہِ اوس چندر ہِنٛدِس کمرس اژنک گوڈنیک تجربہٕ یُس مےٚ سپدان اوس۔ أمی ہِنٛزِ مندل مُستی تہٕ لاپرواہی متعلق یہِ مےٚ بۆزمُت اوس تہِ اوس نہٕ یتھ برٛونٛٹھ کنہِ کہیں۔ مےٚ ہیٚژن درو کہٕ

پھیر نہٕ ۔ مے ہیوٚت پتھ پھیرٕ ن مگر تار پیٚیم یاد۔

چندر اوس مأرلس ستی لڈأے گرِتھ گرِ ژوٚل مُت تہٕ وٕنی بیٚیتہٕ خبر کیاہ تام بزنس کران کِنہٕ نوکری کران تہٕ توٚر نہٕ ازتانی کأنسہِ فکرِ۔ أتی أسی موٹر سایکلن کبتھ أمی ہندی یار یِوان تہٕ ژیر راتس تانی اَتہِ خبر کیاہ کران۔ أتی اوس نہٕ ہفتس ہفتس بوٚڈِ ے آسان۔ یِیلہِ یار اَتہِ محفل لاگان أسی خبر کیاہ کیاہ چوکھتہٕ أسی بنان۔ سأرِی أسی کھینہٕ تہٕ چنٛگ سنز کران دژ ینٹھ گژھان۔ پیٚژ ہن اوس صاف کہِ یار أسِس نبتھ ہوان تہٕ یہِ اوٚسکھ چور زون مُت ۔ تہٕ اوس خود أمی ہنز وگتھو تلہٕ ننان۔ گرِ اوسُن ورُزمت ۔ مَنزی ہے کرِ ہے تہٕ ماجہِ تہٕ انہرشہِ بیٚنہِ ہنز کتھ۔ مأرلی سُند اوس نہٕ ناو تہٕ ہوان۔

شاید اوس میوٚن تَسندِس کمرس اژُن تَس خلافِ توقاہ۔ اِوکنی اوس نہٕ دُبانبرِ زِ ووٕنی کیاہ کرِ۔ خبر کُس روب اوٚسُس میوٚن نتہٕ کیاہ سنا کرہأس بہٕ!

خَبر کیاہ اِشارٕ ہوونہٕ یارن کِنہٕ کیاہ۔ تم آیہ مےٚ زَن النہٕ تہٕ ولنہٕ۔ مےٚ أندی أندی پیٚٹھی تہٕ لگی میچھِ میچھِ گتھ گرِتھ مےٚ رنٛز ناونہٕ ہیوٚ۔

"اَنکل ! کُنہِ دوہہ یِیونا میوٚن گرِ تہٕ؟ میأنی ممی پاپا چھِ توہہِ سمکھنہٕ خأطرٕ بے چین۔ تہٕنٛدٕ پرٛوگرام یِتھے ریڈیوہَس ، ٹی ۔وی یَس پیٹھ آسان چھُ تم چھِ دٕہہ کامہِ ترٛأوِتھ سٕہ وُچھان۔"

" اَنکل ! أسی چھِ حأران زِ توہہِ کیتہِ چھُ اَکہِ طرفہٕ پرنس لیکھنس وق میلان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ باغ شیرنس، مکانہٕ بناونس تہٕ پھیرنس تھورنَس رٕکھ تہٕ فرصتھ آسان؟"

"اَنکل لِتہِ ہِہ گَہِ چھُہ پیٚر زبٲنۍ ہیٚچھِہ بوٚ پور بوٚرِو أسی چھنہٕ توہہِ وُچھِتھ پننی پٲٹھی گٔتھے کران ! زِ توہہِ ترِ سأنی کتھ باتھ ضرور فکرِ۔"

مےٚ أسی یم خوشامد کران تہٕ شاید تمہِ روبہٕ دابہٕ نِشہِ بچُن یژھان تیچ وومید یمن اُس۔ اَز بروٗنٹھ شےٚ ستھ رٮ۪تھ اوٚسُس بہٕ چندرس زارٕ بٹھ تہٕ چنڈال چوٗکھر سوٚنبراونس پیٹھ سخ رٕڈیوٗمُت تہِ کیاژِ تٔسندی مألی اُس نَم چِٹھی لیکھِتھ زار گٔری ہٕتۍ۔ سخ رٕڈے یوٚسس بہٕ تیٚلہِ۔ وُنی کِس اُس مےٚ اَتھس کبتھ تار زَن تہٕ شیٖنہٕ میٔٹ ویٚگلان تہٕ وارٕ وارٕ شرپرس ہٕتر کھاران۔ دپان اوٚسُس وونی تژاوِ ہأنہٕ چندر ہٕشزِ آتھوارٕ تہٕ یتھ محفلہٕ یہِ نبہٕ تژٹھ۔

أمی سَندۍ یارَو تہِ ہیٚژ بدلے حرکتھ کرنہِ۔

أکی پلہٕ نووٚ مےٚ سِگریٹھ۔ چندرن دِژِس پیٹھےٚ تچھِہ تہٕ سِگریٹھ ڈبہِ ژھنمن ہٕترِ گٔرِتھ۔ سُہ ووٚتھُس۔ "اَز ہا ہمو اَنکلس سأفی۔"

بیٚیا کھ ووٚتھُس۔ "مےٚ چھُ چاچہِ صأب اورے تاس گِندنہٕ خأطرٕ آلو کران۔ اَز گِند ناوون أسی اَنکل تہِ تاس ضروٗر!"

تژییم گو چندرس نِش تہٕ تَس پھیکِس پیٹھ اَتھہِ پھیران ووٚنہٕ نَس۔ "ژٕ کمنوٚ غوطن گوٚکھ؟ اَنکلس گژھیا تِہٕھے ہیوٗ؟ اَچھا تہٕ لاگ پلو وٕنی نیرو چکراہ کرنہِ۔ دوٚہی دوٚہَس گِندِتھ تھکی!"

مےٚ اوس تژان فکرِ زِ میانہِ بُتھیک تژکہٕ جار وُچھِتھ أسی یم وَنی اوزک یوٗرک ہیوٗ بولان تہٕ بےٚ گنڈ کتھہٕ کران۔ چندرس اوس بُتھِس پیٹھ کیاہ تانی اتژکرنک احساس پیڈان۔ تمۍ أسی لوتہِ لوتہِ پلو لاگنۍ ہیٚتۍ ہٕتۍ۔

وَنی اُس مےٚ کتھ کرٕنۍ لازِم۔ تار دِنہٕ خاطرٕ کیا تدبُر کرٕ لی سونچان سونچان اوسُس یہٕ ووٚنی دَم پھُٹ ہیۆ گومُت تہٕ پریشان زِ شام ہیوٚتن گوٚھن تہٕ صُبنس تانی چھُ چندرس ماٗلِس نکھ دِنہٕ جوٚم واتُن۔

کہیں تو رُم نہٕ فِکرِ تہٕ اُتھی تذبذبس منٛز دڑاس نبر۔

پیٹھے آو چندرُن اَکھ یار مےٚ نِش تہٕ لوتی چھُم ونان:۔

"اَنکل اَسہِ مہارا پیٛیہِ وُنی جوٚم نیرُن چندر ہیتھ!"

بہٕ زَن روٗدُس ہَس ژٔورِ۔ کتھے تجم نہٕ کرٕنی۔ سُہ اوس ونان۔

"اَدی مہارا آو جمہِ فون۔ چندرس مہارا چھُ مول ایکسی ڈنٹس منٛز گذریومُت۔ اَسہِ مہارا لوگ یہ زاٗنتھ ماٗنتھ تاس کِنڈنس ہتی۔ ہُپاٗری کوٚر کھانہٕ تیار تہٕ یِڈ بَرتھ کھیوو چوو۔ ٹیکسی تہٕ کَر۔ سو آسہِ پکان۔ وُنی نموٗن گنہِ بہانہٕ ییتہِ کڈِتھ۔ تو ہِ چھوٚ خبرٕ ے کوٚتاہ جذباتی چھُ بچور۔"

مےٚ مُژٕر اَتھہٕ۔ تارِ کاغذ اوس عاٗرقو ہتی پوٗنی گومُت۔ اَتھ اوس نہٕ کہیں پرنہٕ یِوان۔ اَمچ عبارتھ اُس کاگد پیٹھ وٚتھتھ میاٗنِس ذیٚہنس شژ ہِشہٕ تہٕ تتہِ اَسِن ساٗری مل چھٹِتھ نی ہتی۔ یِم اَسی بدلے اچھر یمو باضاٗبطہٕ انسان شکل دارٕ ہِش اُس تہٕ وُنی کِس اَسی مےٚ بڑ وُنٛتھ گنہِ چندرس آلنٛز نال کران تہٕ نبرٕ قدم قدم ترٛ اوان۔



# ژینہٕ وَن

تمِس گو پٔتۍ کنِۍ زنانہِ ہُنِد آلوَ تہٕ زَن گو ہُشار ہیوٗ۔ اَتھن کُن پیٖٹِس نظرِ، یمَن کِھہہ تہٕ کھش ؤتھۍمتۍ آسِس۔ نٔرۍ آسِس ربہِ برٕتھ۔ پھبرنَس أسِس کھرٛاوِتل گرٛٹھۍ گرٛٹھۍ لاد ؤژھمٕژ۔ دامنہٕ اوٗسُس ربہِ اندر لِتھٕ دنہٕ آمُت۔ رۄدٕ جُرۍ أس پیوان۔ گرٛتنہِ نالہٕ مٔژۍ اوٗسُس رۄد وسان۔ پان اَتھ شکلہِ مَنٛز وُچھِتھ آو تَس اَسُن۔ مےٚ کیاہ سنا مسخہٕ صوٗرتھ گأمژ!

زنانہٕ أسِس کرٛکھ کرٛکھ دِوان۔ "ہیوٚرکھس۔ وُچھ پلون کُس ڈاکھ چھےٚ کوٚرمُت۔ نرِ چھم پھلان یِم چھیٚلۍ چھیٚلۍ۔" تمۍ دِژ بیٚیہِ پانَس نظر۔ نٔنۍ کھور أسِس ہانےٚ مٕتۍ تہٕ ووزلےٕ مٕتۍ۔ کھرٛاوِ ہنٛزٕ پُٹھہٕ آسس سلیمٕژ۔ نستہِ اوٗسُس پیوٗنٛژ پشپان۔ پٔتۍ کنِۍ آسس ژوٗرٕ کھوڈس تانۍ چھکہٕ کھرٛژمٕژ۔

زنانہٕ أسِس ونان۔ "ژےٚ گردِلش تہٕ پلوس زٕ روان چھکھ نہٕ۔ ژےٚ

نے ناوتہٕ ساوتہٕ ملے ہُرستھ یِوان پھٔے۔ یہِ گُس وٲلۍ ورن پھٔے تُو رمت پانس؟"

مارتور اتھس کبتھ واری یاہَس کالَس رٹنہٕ ستیٚ آسس اتھن آمہٕ ہٲل پے مِژ۔ بیٚیس اتھس کبتھ اسس ربہٕ برتھ پچہٕ کھٔنڈ یتھ ؤنی کِس کیٚل ٹھُکان اوس۔ تہٕ سبہٕ اسس سارِی ہے پانَس نٹھ نٹھ۔ زنانہٕ آسس براندس پیٹھ۔ وِوٹی داربو کنی شُری ژرِپوٗپ کران۔ تَس پٔنٕی زُری پُتری۔ لوکہٕ تَربن ہُند کاغذ اوسکھ ژوٗٹمُت۔ دارِ پٹھن ہندی کلی پھری متیٚ تہٕ ہٲنکلہٕ یلہٕ ترٛاوِمژ۔ تسنز ژون دوہَن ہنز میچسنتھ اسکھ مِنٹس منٛز بوٗٹھ کھارِمژ۔

یہِ سورُے وُچھ تمۍ وٲنجہٕ پیٹھ پل تھٲوِتھ۔ سخ شرارتھ کھسہِ ہیس مگر زنانہٕ اوس ہوٗرودمُت۔ شُری آسی جاناوارن ہُند وُڈو وُچھان روٗدِ راٹھ وُچھان کِنہٕ تسی پیٹھ اسان؟ زنانہٕ اس لوٗنگی مُژ رِتھ پھبرن تہٕ پوٗژلِتھ وان ننہٕ واٲرے بژ اندس پیٹھ دژامِژ۔ شُری کِہو بڈی آسی وُچھان بَس لِتھوی مِژ کٹہٕ بستہِ ہنز ہٲش گامِژ۔ تَس اس ساٲرے ٹینٹھ وُژھمِژ۔ ننتہٕ اوس تَس مارتور بژاندس گُن لگاوُن۔ اندر اژُن۔ ننتہِ بانہٕ پھُٹرٕنی۔ شُربن ٹاس پوٹاس مِلہٕ ناوُن۔ روشُن۔ شامَن نہٕ ہتے کھیوٗن۔ زنانہِ اتھِ زارِ پارِ کرناوُن یتھ شُری شرٛپہ ہٲن انہِ کٹہِ گُٹھمن تہٕ بیہان بڈِ بڈِ سبق پرِنہِ۔ نوشہِ نِہان پنہٕ ننن شُربن تہٕ ٹھِپہ ہانکھ۔ گرس بیہے اہر تہٕ سُہ نیرِ ہے پگاہ صُبحن باشان سوٗکوٗل۔ بتہٕ ہٲن تہٕ ژرون اولوہَن کھبتھ۔ کیاز تَس اس زنانہِ خبر رِنس چھم ژرون اولوٗ خوش کران۔ اورِ یتھ چینہِ ہَے چاے ژوٗٹ تہٕ لبہٕ ستیٚ ہیے ڈوٗ کھادِتھ۔ جچیرِ دام دی ہَے تہٕ اِدِ کرِ ہَے زنانہٕ کتھ کرنک جوٗرتھ۔ شُری بیہان بژ ونٹھ گُن۔ کالک

سبق بوزِ ناوہان۔ شُن دِہان موہر۔ گرنہٕ خاطرِ دی ہاَس قلم بڑ وٚتھ کُن۔ چوکہٕ ییرِ پتھ بہتھ زنانہٕ آسہِ ہے تڑنگہٕ تٔلی اوٚ نگِج ژأنتھ کلس کشُن کشُن کران تہٕ أمِس ستی ژیر تانی کتھ کتھ کران۔

مگر وُنی کنبن پھیوٚ رسہ وارِ وارِ پوٚت۔ آنگن ہیٚرن کھوٚت۔ بڑ اندس تل ٹھٔہر وُن قدم۔ مارتورتھوٚوُن پتھرتہٕ پھبرن دِنن۔ زنانہٕ أسس اندر ژامِژ، شُربو اوس ژرِ پوٚپ گری گری ہے تُل مُت۔ تڑن نیٚچو بن ہندی پانژ ھ دوٚیمہٕ کورِ ہندی زِ تہٕ پٔنٕزِ زِ بُڈ پپن۔ تمہ أسی جمأژ اندر گوہ ان۔ "شینا پتھو پتھو"۔ أتی ہیٚس تو تتھ نظر ییٚتہن وُنی آنگنس منٛز اوس۔ اتہٕ أسی ہونہٕ بچہ چِچہٕ رارے کران۔ یمَن اوسَن رؤد وسَن ہیوٚ تمُت۔ تَس رؤد نہٕ پانَس تانی۔ مارتول تہٕ پچہِ کھنجہٕ تجُن تہٕ بیٚیہٕ وٚتھ اوٚ تہٕ تھے۔ پیاول ہونہٕ ہنِدس چھپرس ٹھُچپن بیٚیہٕ پچہِ تہٕ بتھِ تڑ وونَس ٹاٹھ۔ بیٚیہٕ گوس پتی کٔنی زنانہٕ ہُند آلو۔

"ژے گوٚ ے کیاہ صُبحأے پگہأے؟ جن ما ژوے؟ أمِس پھیٚشِل ہونہٕ کتھ بیوٚٹھکھ لولہٕ متہٕ لاے کرنہٕ؟ یہٕ نٔے مکانہٕ بناوِہأس مڑیا؟ یہٕ ہوٚنی چھےٚ پھیٚشِل۔ راتَس وُنگان آسان۔ صرف مل تہٕ مگر وہراوان۔ نچِہ کھیٚین زنگ۔ نِکس کھوٚتُم سہ کڈرتھ۔ أمی ہِندبو بوکتو چھےٚ محلس ژھٹھ کڈٕمِژ۔ پیٚیہٕ نکھ رؤد شین دیوٕ گلن زِ پانژ ھ اؤری۔ أژ ھ اندر کیاہ چھکھ رؤدِ شُر انبن منٛز دربدر گومُت؟"

تمٔی دِژ پانَس نظر۔ سہ چھا پزی دربدر گومُت؟

سہ اوس ہوٚن دوٚری وُچھتھ حبس پوان) یتھ نہٕ زنگہٕ تیم۔ صُبحأے اوس گوڈٕ شُرِس آنگنس منٛز سوزان یتھ نہٕ بتھِ گوڈٕ یہوے ہوٚن پیٚیم۔ راتھ کیٚت

اگر دٲرِتہٕ ہٲنی وُنگن بوزِہے لۄرہیتھ اوسکھ لارکران..... اَز کتھ ہوٗون اُمس؟

ہونہٕ اُس نیٚنٛدرپے مژ۔ بوکتِہ اُسس تل ژاامژ۔ یہٕ آسہِ ہے اُمس ستم اِتھم لٹھ پزسنس۔ جتھ تانی اُسس گجہ مژ۔ اُڈی جہٕ ٹونگن اُسس دژامژ۔ ٹاٹھ پلو تژ وونس پیٚٹھہ تہٕ واپس آوبژاندس پیٹھ۔ زنانہٕ اُسس اوٚتہٕ تھےٚ دژامژ کانگرِ پھوکھ دِوان۔ تَس اوس نہٕ وُنی کَس اَدیک ہیوٗ شرارتھ۔ کانگر دِژنس۔ ژادر کڈِن اندرٕ۔ اوٚ دُر پھیرن روٚ ٹہٕ نَس تہٕ ژادر وٗج نَس۔ بیٚیہٕ ژایہٕ وۄٹ۔ چھتری کڈِن تہٕ بژوٚنٹھ کنہٕ تھوٗنس۔ یانے ژٕ بوزکھ نہٕ۔ توتہٕ رٹھ چھترٕ۔

تَس اوس نہٕ بیٚیہٕ آنگن اندر وُسن۔ ژادر وٗلتھ تہٕ کانگر تیٚتھ بیوٗٹھ بژاندس پیٹھے ژٕنس ستی ڈۄکھ دِتھ۔ زنانہٕ وۄنُن نہٕ کہیں۔ صِرف چھس بُتھِس کُن مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ سوزن رٔٹن ژوٗرٕ۔ درے یِی نہٕ۔ وٗژھ تہٕ وۄٹ ژایہٕ۔ دارِ کربن بند۔ شُری اُنن بژوٚنٹھ کُن۔ نستہٕ ووتھراوِنکھ، لالمہٕ گنجہٕ نکھ۔ اَتھِ تھوٗی نکھ ببن منٛز۔ ٹوپہٕ دِژنکھ..... تَس اوس ترٛنگہٕ لاٹھ بون وۄتھمُت۔ کلہٕ پُش اَکِہ لبہٕ ترٛنگہٕ منٛزٕ نیرتھ آمُت۔ زوجہٕ ترٛ وٗژھمژ۔ پھبرنس خبر کرڈٲر لاگنہٕ آمژ یوسہ رٕنے مژ اُس۔ خبر کِتہٕ پھِرِ اُسی تمکی پَن ترٛوٚپ دی دی پھبرنس ستی وٲٹھ تھونہٕ آمژ۔ مَس اوُسس گنجہٕ اول ہیوٗ گومُت۔ بُتھِس ہاے تہٕ تمُن مُتھِتھ۔ زنانہٕ ہنٛزٕ شکل وُچھِتھ گوسہٕ غوطن زٕ اَمِہ کمہِ وٗری یہٕ چھنہٕ پپن دیُت مُت؟ ترٛے شُری موٗدِس۔ اِتھیم چھس سارِوے کھوتہٕ کوٗنس۔ شیٹھن منٛز آسہِ۔ زٕنچوی چھِ بیوٗن دژامژ۔ ترٛن کوربن کوٗرن خاندر۔ اَز چھِ منٛزمہِ کورِ ہندی شُری تہٕ ییٚتی۔ ییٚلہِ کورِ شُری باٗژ ہیتھ مالیٚن یِوان

چھےٚ اَتہِ چھ ہے ہیوٚ وۄڈھان۔ نِنہٕ چھے یِوان۔ بُر چھُس پھٹِتھ نیران۔ واسرے چھُس کمبر ڈوکان۔ یہِ چھُس خانٛدرِکین شیٚیہِ تاًجی ہَن ؤری یَن ہُنٛد سوچھ۔ میونے خاًر چھُس۔ مۄنزی مۄنزی چھےٚ تتان مگر تِتی چھےٚ شیٚہلان۔ اَمہٕ علاوٕ کوسہٕ شبکایتھ کٔرن زانٛہہ بچاًر.....

پاًنس گُن وُچھن۔ دوٚپُن وُنِس تانی کِجے یم بوزٕ شوژ کٔرِتھ زنٛدِگیہِ ہنٛدی دوہ۔ مگر وونی چھُنس پَزی بڑٕتھُن ہیوٚ تمُت۔ پنُن خاًلی وق کورُن چھُس لاگان بہٕ؟ گرا آنگنس مَنز یہِ کٔنی تُلنی تہٕ گراہ ہوتڑاوِنی۔ گرا دوس لُہرِنی تہٕ گرا لدِٕنی..... مےٚ زَن چھنہٕ برابری یِوان گُنہِ ستی۔ کہیں چھُم نہٕ باسان ڈنجہِ۔ یہِ لٔرگٔژھ نہٕ بیٚیتھ آءِسنی اورگُن بُتھ کٔرِتھ۔ یہِ بڑانٛد گوٚژھ نہٕ یِتھٕ کٔنی آسُن..... تہٕ یہِ ہۄنی؟ یہِ ماأہم زنانہٕ پوٚزے ونان بہٕ چھُس ڈوٚلمُت۔ مگر مےٚ کیٛاہ غلط کوٚر؟ وُنِس تانی کٔڈم زنٛدگی کیٛٹِتھ تہٕ مینٛتھ۔ نستہِ سیوٚ دُے پوٚکُس۔ ؤچھُن کھوۄر دِژم نہٕ زانٛہہ نظر.....

یِتھٕ کٔنی سونچان تہٕ بڑانٛدس پیٛٹھ بِہتھ اوس تَس لُطف ہیوٚ آمُت۔ شین اوسُن لوگمُت۔ داسس پیٛٹھ آسی شُری دژاٛمتی تہٕ تھلہِ تھلہِ آسی وُچھان۔ نِکہٕ اوس پریشان زِ شینس ستی کیٛازِ چھُ روٗد پیوان۔ اَمہٕ ستی سمہِ نہٕ شین۔

تِمِس باسیوٚ زِ مِس پییہِ ودُن۔ پاًلس دِژِن دِنن۔

تَس اوس وُنی کِس ودھُن تہٕ لٔٹھی دی دی شُری ووٚٹس شڑوٚپہ راوِنی زِ حرامہٕ کیو! وُنی ہالگِہِو ژھٔٹھ تہِ زوسہٕ لارِو۔ پتہٕ گوم حکیمن تہٕ ڈاکٹرن دورُن۔

پتہٕ اوس تَس ودھُن۔ بلچہِ ہیتھ نیرُن تہٕ بڑانٛدِ پیٛٹھ ژٕچہِ تانی تہٕ نبرَ

کوچس تانٛ شیٖن تُلُن تہٕ وَتھ موٕکٕج کرٕنۍ۔ پتہٕ شیٖن والن والین نظرِ روزُن یُتھ پٔش لوٗ ژ راوتہٕ یِی.....

مگر سُہ دوٗتھ نہٕ تھوٗد۔ شُری اَسۍ شور کران۔ یِمن دوٗپُن گٔریتَن شور۔ رؤدُس بہٕ دوہے لوٗر ہیتھ۔ ونۍ یہِ مےٚ خوش کرِتہٕ کرٕ۔ تِمۍ انہٕ ناو جٕچِیر بڑانڈس پیٚٹھے۔ زنانہِ دوٗپُن ہتاے ہوتہِ ہےَ ترٛاوِ زِ ژوچہِ۔ سو چھےٚ رٕنس کُن وُچھان زَن تہٕ پرزناوان چھَس نہٕ۔ شرارتھ چھُن أندری شرٛوپہٕ رووُمت۔ مگر تیٖمِس چھِہ وُٹھُن پیٚٹھ اَسن ترٛاے۔ ژٕ وُچھ اَز مانٛے نہٕ بہٕ چون روب۔ اَز نہٕ۔ اَز وُچھ بہٕ تہِ گٔلۍ کُٹۍ کتھ کٔنۍ چھِ سفید شیٖنہٕ ژادر کلہٕ نلہٕ ولان۔ مالٕہ تہٕ مکٕری آنگُن کتھ کٔنۍ چھُ پڑنان۔ شُری کتھ پٔاُٹھی پھولن شیٖنہٕ تھوٗسۍ وُچھی وُچھی۔ اَز چھسے بہٕ تہِ شُر بنیومُت۔ مےٚ مہٕ وَن کہیں۔

یتھ کٔنۍ اَدی زنانہِ ہٕندِ آلو سۍ ہُشار گیوو تتھے کٔنۍ گو ونۍ کَس تہٕ نِکہٕ ہٕتٕرٕ ودن کرٕیکہِ سۍ ہُشار۔ تِمَس پیٖہِ ہیٖہِ پانَس کُن نظر۔ سُہ اوس اَتھس کیتھ بلچہِ ہیتھ مٕٹرٕ آنگنس کھڈاہ بڑانڈ پیٹھٕ لچہِ تانٛ وتھ کڈان۔ بیلو بیلو شیٖن ٹُلان تہٕ پیٚٹھ کُن دأرِتھ دِوان۔ اَمہِ سۍ اَس آنٛگنٕج رب پیٹھ کُن گھوٗ مٕر تہٕ شیٖن اوس کرٕنٛیومُت۔ یہِ وُچھتھ اوس نِکَن وَدُن لوگمُت زِ شیٖن گو خراب۔

سُہ پہو یکدم پالیس تہٕ شیٖن ہیٖہِ سوٗم گرِتھ ترٛاوُن بیل پتھر۔ پتہٕ ژاو اندر تہٕ نِکہٕ روٗٹُن نالہٕ متہِ۔ پتہٕ رؤدُس ژیرِ تانٛ مونۍ تہٕ میٹھی کران۔



# دٔلیل

یُتھا لڑکہٕ جٔدیدی اوس ترٛشھے اُس لڑکی تہٕ۔ سو ژھَس۔

"اَگرے أسی پننہٕ مرضیہٕ شُری دُنیاہَس اندر أنتھ ھسکو کھ، مول ماج کونہٕ ھسکو کھ ژأ رِتھ؟"

"آ۔ اَسہِ گُس سو چھ چھُ یِمَن اَڈ پرٛبن ہُند؟ یِمو چھےٚ سأنی قأبلیھ ہایہٕ تہٕ ظایہِ گرہٕژ۔"

"مےٚ چھُنہٕ مول یڈ بُرِتھ بتہٕ دِتھ ھبکان مگر نظرن ہنٛز گنٛڈی تارِ چھنم ژودایأری واہرأوِتھ تھُوہٕژ۔"

"میون مول خبر کمہِ خأطرِ جکھان تہٕ سورُے فوٚضوٗل ـــ۔ پٔنٛنہٕ أنکھ شینکھےٕ لوٗکن رتھ وندان۔"

"أسی بدلاوو کھ یم ان پڈ کنگال مأہلی۔"

عاشقن پییہٕ نہٕ دودٕ کولہٕ ژٹنہٕ۔ کامیأبی آسکھ بڑونٹھے وَتن چشمہٕ وَتھرأوِتھ پڑاران۔ توٚونگرس منز ژھونڈ لۆکن اَکھ ڈیٚکی جۆل گرِ۔ نوِس مأٔلس آو انبن اُچھن گاش تہٕ ڈستی لوٗکن پنہٕ نبن موٚہنِوبن تہٕ موٚزوٗرن نظر گذر تھونَس۔ تم اَسی نے پوٚتھر مأٔلی کس کارخانس تہٕ وانَس لوٗٹھ کران۔

گوٚبرِ مأٔلی ذیوو لڈٕکیہِ تہِ مول۔ پٔژن ہم سایہٕ تہٕ کاربارس منز حریف۔ کوٗر بنے یہٕ لچھِ بُدِس وأرِث۔

نوِس ماحولس منز روٗدنہٕ لڈکس تہٕ لڈکیہِ وق گذرنک باس تہٕ نہ مول مأج ژورژنس فِرصتھ۔ لڈکہٕ سُند مول اوس وَنی کژیشان زِ نوش کراَن گرِ۔ مأٔلی ہنز وراثتھ ہیتھ۔ سہ اوس اَزکل تم اَدبی معمہ حل کرنس منز مشغوٗل یمو ستی لڈکہٕ ہندِ ڈسی کورِ مأٔلس زہر دِوناوِنچ وَتھ نیرِ ہے۔

کورِ مأٔلس تہِ اوس وَنی اکوے ارمان زِتسند گرِ کراژِ براتھ۔ مگر تِتھے اوسُس پھیرِ پیوان۔ یم جوسوٗس تُمی گوٚبرِ مأٔلی ہندِ گرِ موٚزوٗر بناوِتھ رُوتھ تھوٗیمتی اَسی تمن اوس تھوتھ گوٚھان۔ اوَے اَسن کورِ کأم تھوٗمژ زِ لڈکس ڈالہِ بدل کارن گژھن۔

لڑکی اَس ووٚنی لڈکس روٗحأنی اسمانن پرواز کرناوان۔ اَزکل چھ یم دوشوے ناگہٕ بٹھین پیٹھ ابدی تہٕ اَزلی مسٔلہٕ بحثاوان وُچھنہٕ یِوان۔



# گگُر

اتھ ہساٗ دوہے کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وبڈام یِوان۔ دوہے کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ویکھیپ۔ توٚہۍ ژٕنوِ یہِ نےٚ کتھےٕ چھےٚ کانٛہہ۔ اَسہِ تیے وتژُن پیوان۔ مگر یہٕ ونوِ یہِ آسِوٕ نہٕ گذُران۔ یوٚت پھش نہٕ۔ مےٚ کیٛت چھُ ویوٚ کھیتےٕ۔ وُچھِو تو اَکہِ راٗژ اوس سوزُے سبٹ۔ ژٕپوِ ہیٛوٕ نہِ اوس پن تانٛی تاٗرِتھ۔ بازرٕ اٗس کوسہٕ تانٛی نوٗ کڑٕیم آمژ۔ اشتہار اوس زِ بےٚ ضرر تہٕ پُراثر۔ ہتھ فیصدی گارنٹی۔ دوٚہے تہِ ہکھو اِستمال گرِتھ۔ صرف نہٕ ژون پانٛژون دوہَن۔ یےٚلہِ نا آشینٛز بژونٛٹھ دیوٕ نہٕ پکنہٕ.....

موخصر سوزُے اوس سبٹ۔ اٗتی گیہِ کرٛکھ زِ نار ہا۔ اِدٕ تہِ متہٕ گرٛھیٚ تَن کاٗنٛسہِ۔ ہمسایہِ اٗسۍ دزان۔ خَبر کم والنیٹر آیہِ تہٕ دبودب کوٚڈُکھ سانہِ گریک

سامانہٕ۔ وگوبن ہنز گرد تام۔ پانے گرِو اندازِ مےٚ کوسہ پریشانی آسہِ گاٚمڑ کژیمہٕ ٹیوٗب ژھانڈان ژھانڈان زِشُرِس کتِس اتھ گوژھ نہٕ لگُن.....

عام دوہن بہ ژھو کیوٗمت آسان۔ نہ آسان ہکتھ تہٕ نہ جوش۔ پتہٕ دپان کروس گاربو کنڈبو کینہہ تہٕ آشنہٕ پپٹھ عار یِوان۔ سو آسان کولہٕ بُٹھس پپٹھ ٹکھ لُج مڑ وپر ہِش پے مڑ۔ تَس نہٕ زیر دِلس تہٕ وونہٕ یِوان تہٕ گژھان تتھے پاٗٹھی ہفتہٕ وادتہٕ مٹھن ناحبس تہٕ سوتہِ ناوُشنیر؟ سُہ وُشنیر آسان آشنہٕ ٹھٹھ کرنہٕ ستی پھیوٗرمُت یِیلہِ بَتَس سنٛز پھوٗل چھُ آسان۔ مگرتس نہٕ ٹھٹھک اثرے پیوان.....

از تہِ آس وبڈام۔ کتی دوہ گیہٕ تیمی دوہہ خاطرِ سٔز کران۔ اِد ییسہٕ کرِ تہٕ تیسہٕ کرِ۔ سُہ کیُتھ؟ سُہ گژھیا ساٗوکھن مُت تہِ آسُن؟ وُچھی تو ونی۔ بجلی زاٗلتھ ہکہٕ نہٕ بہٕ اُچھ پپٹھ اُچھ تھٔوِتھ۔ از دِوُیم بجلی تھوٗ زاٗلتھِے۔ نیندٕ ر تہِ پییہٕ نہٕ گوٚب۔ گنٹہٕ کھنڈ تھو وشونگتھ۔ تس تہِ چھنہٕ وُنہِ کھسُن۔ بونہٕ چوکہٕ کاٗم گرِتھ، باٗژس للہٕ وِتھ کھیاٗوِتھ چاٗوِتھ کھسہِ کم از کم گنٹہٕ کھٔنڈی۔ پتہٕ کروس جشنا۔ پگاہ چھےٚ چھُٹی۔ اِد ژیر تانی روزِ کاٗف۔

مگر سو کژِھ نیندٕ ر؟ نیشنل پروگرام بوزان گیہٕ یہِ زِپھ۔ اخبار تہِ وبہٕ رے یوو اتھ منزٕ۔ لیفہِ تل اوس عبتھٕ نوٚن پان نینہِ پھوٗل ہیوٗ گومُت۔ سٹیشن بدلاونہٕ باپتھ تھوٚد ووٚتھن گوسخ بارِگران۔ ریڈیو یک کُس کُس روٗد جاٗری۔ پانے کھسہِ ساڑ کاہ تانی تہٕ کرِ ریڈیو بند۔ وتھرِنس اَژِتہِ زیر لگہِ۔ پانے گوھو ہُشار۔ کھینچل تہِ ماگژھِ۔ اُڈس گنٹس تانی آسو موکلے متی۔

اَدِ ان تہٕ ہیُس نگرس ہِم۔

انداز چھُ زِ نیشنل پروگرام شوٗرُوٗ گژھنس ستی آسہِ اَمہِ تہٕ پَنُن مقامی پژوگرام شوٗرُوٗ کوٗرمُت۔ کھُت کھُت..... کھُت کھُت..... خبر ژھنہان کونہٕ اَمِس یہِ کوٗٹ جل جل۔ یہِ تہٕ کوٗتاہ وُٹکُر لاگان۔

تھوٗد پیوم ووتھُن۔ سیکہٕ ستی ہیوٗتُم وسہٕ تالوس ٹھک ٹھک کرُن۔ کینہہ آونہٕ روبہٕ۔ کھورن تل تھوٗوُم صوٗندوٗق تہٕ ژری کوٗٹِس ستی ژُرڈ کھٕ وِتھ روٗدُس پَیاپَے ٹھک ٹھک کران۔ تبتن تبتن لاٗجم ٹاسہٕ رارے بیٹھن بیٹھن دندو ستی لیٚترِ وایان باسیوم۔ سخ شرارتھ کھوٗتُم۔ دوٗپُم بوٗن وسہٕ تہٕ لیٚترِ کھارِ۔ یمہٕ پچہٕ نمہٕ اتھن ژٕٹتھ تہٕ یہِ گگر ژلہِ راون..... وودنی تھوٗگُس۔ صوٗندقس پیٹھ تھوٗم کرُسی تہٕ تتھی پیٹھ بیوٗٹھُس..... بہٕ اوسُس ٹھُکان تہٕ لیٚترِ اوس تھکھ گژھان۔ بہٕ اوسُس تھکھ کڈان تہٕ لیٚترِ اُس چالوٗ گژھان..... اُتی باسیوم زِ ژوٗل تہٕ چھگ لجُس۔ مگر تَس آسہِ ہے باسان زِ تھوٗک تہٕ تراوِن ہُتھی یار۔ ٹھُک ٹھُک لوٗگُن بیہٕ۔ مول ماج نہٕ زانہہ میون کُٹھ کھسان۔ شور بوٗزِتھ کھُتی دوشوے تہٕ مےٚ بیوٗ اَری گُرِتھ وُتھی واپس۔ شُری اَسِم اَٹھی بجہِ ساوی تہٕ..... تم وُتھی تہٕ پیٹھی ودنہٕ۔ گگرِ سنزٕ اَری کشی روٗزِ جاری۔

مےٚ گرن مژھن دگ۔ بوٗن ووتھُس۔ کرُسی تہٕ صوٗندوٗق ڈاٗلِم تہٕ ژاس وتھرِنس منز۔ کانگرِ اُس ژھبتہٕ گاٗمژ۔ لیف اُس یخ گاٗمژ تہٕ نیٚندرِ رژ مژ..... ہوڈ بکہٕ بڈ اُس نہٕ وُنہٕ تہٕ کھُرژ مژ۔

ساڑِ کہہِ ہُند پژوگرام اوس گال کھاتس گومُت۔ پَنٕنی شکس لد کیرن

آیم دژ ینٹھ۔ یوتانۍ نوِ سرٕ پان وُشنہٕ ہے توتانۍ آسم زِنۍ موٗ زوٗرٕ ہنٛز شِکس نٮ۪ندٕرٕ پے ہیو۔

بجلی چھِ دزانے۔۔مےٚ زول سگریٹھ۔

سو کھو۔

مےٚ چھِ نٮ۪ندٕرِ ناش گژھنہٕ وِزِ ٹاری دزان۔ بیٚیہٕ پیامےٚ زانہہ گُنہٕ تہٕ قسمہٕ کِس شورس منٛز نٮ۪ندٕر؟

تَس پٮ۪ٹھ کھوٚتُم سخ شرارتھ۔ دوٚہم پرٕ ژھس ژٕ ے بوٗ زُتھ نامیون تالو دُگن؟ لڈأے کرنی کھٕسی زِ ہے۔ مگر تمہِ ہیوٚت وُنن۔

"أمِس چائنس بأپس چھُن پٔزی کیاہ تام ہوومُت مےٚ کُن۔ أدی آم ستی بجہٕ دِم بتہٕ۔ دوٚپ مَس وُنہٕ ہہ سأ چھم نہٕ تیار۔ لوگمُت چھم۔ ہٮ۪ٹہٕ اوسُن بتہٕ کھوان وُچھمُت۔ سُہ بچور اوس صُبحأے گومُت سوٚ کوٗل فاقے۔ اوٚے دیُتمس صُبحک ژُرن پھوٚل۔ زِ مینٛڈی۔ دوٚپہ نَم تانۍ ہےٚ کھمہ ہأ یہوے یوتانۍ وُشن تیار گوھِ۔ یہِ چون بوے گوٚ ے تہٕ اَتھٕ ستی سورنے أمِس تھالس منٛز زِ وُشن ما چھس۔ اِدٕ گوس تسلا....."

واہ اَز وُنہٕ ہےٚ نہ یہٕ۔ یا پتہٕ ونہٕ ہے۔ گوڈٕ اَژِ ہے وتھرِنس منٛز تہٕ بہ لوتہٕ ہا..... یہ اوسُس تالوس کُن وُچھان بیٚیہٕ کرٕچ کرٕچ چلان اوس۔

تَس اوس بُتھس تمن مُتھتھ۔ أچھ آسس گوبے ہیٚ۔ مستس کھنٛزٕ ہوٗنی ہنٛز جتھ گاٗہو۔ أچھن أندی أندی زوٗن لُج ہیٚو۔ نیچ موٗہو زوٗن۔ ڈیٚلہِ سینہٕ منٛزی بگارٕ مُشکہٕ لمبکھ نیران۔ چلے کلانس منٛز ململہٕ دوتہٕ شِکھر لا گتھ۔ اَتھٕ بانہٕ

چھیلۍ چھیلۍ ہانے ٲسۍ۔ وُشناونہٕ خاطرٕ کوچھِ مٔنز چیر رٔژٕ ٲسۍ۔

دۆیِم سورٕے احوال بوزِ ہا ٲسۍ سُنٛد مگر یتھ ژِہس گۆژھہ نہٕ اَز پھیش لگُن۔ اَتھس کرمَس تھپھ تہٕ وۆنہٕ مَس۔

"ترچھے لٔج ہش۔ ووتھ گوڑٕ وُشناو پان۔" لیفہِ لۆنٹھ تُجِم تہٕ ترٲوِمَس پیٹھ۔ "صُبحس وٕڑھس شیٚیہِ بجہِ۔ گاش اوسُن ہیۆتمُت یُن۔ دوشوٕنۍ ہشہِ نوشِن اوسُم شرٛادِ فاقہٕ۔ تِمن کیُت نووُم چوکہٕ بانہٕ بٕٹھ۔ لُوِم ڈُوم۔ ٹلہٕ کتر کورُم تہٕ ادِ کمُلے یہِ راتکۍ بانہٕ۔ پوٗنۍ کھورُم بونہٕ یوتانۍ اَٹھ بجے یہِ۔ ماتاجی کیُت اوسُم ژٕکری دار رٔنُن۔ شُربن کیُت لوگُم چوکس نبر کنہِ بتہٕ تُمبہٕ۔ تِمن اوس سۆکٕول گژھُن۔ بوے ووتھے نِو نیٚنٛدرِ۔ گوڑٕ ژھاَنٛڈِن پَرونٛٹھہِ۔ اَکہِ اتھہِ موٚنٛڈُم اوٹ تہٕ بیٚیہِ اتھہِ کڈِم فاقہِ والین کِتۍ گارِ پۆری۔ شُربن کرِم پلون گنٛدی۔ یؠت کال گنٛدی گرمے یہِ تیؠت کال چھوٚلُم ہٕٹس موزٕ۔ تتھ اوسُس پھکھ یِوان۔ پتہٕ آپرُم شُربن بتہٕ تہٕ سۆزِم سۆکٕول۔ پنٛنس اوس راتھ خبر کٔمۍ اوٚنٛگجہِ ریزر وولمُت۔ سُہ اوس چھوچھِ کتر کران۔ ہپٲری آوگۆرٕ جی۔ تَس کیُت سیدٕ سامانہٕ سۆنبراوُن تہٕ وودنۍ روزُن۔ توہہِ چھٹۍ آسنۍ نہٕ آسنۍ چھے ہشی کتھا۔ بتہٕ وقتہٕ لوگُو توہہِ تہٕ دلہٕ واتنٛن..... مےٚ آیہِ پانَس بتہٕ کھنس دۆنہِ ژورِ واری تہٕ کیازِ گوڑٕ اَسِم فاقہِ والی سنبالنۍ..... پتہٕ کھۆژِم شریرس ترٕ....."

مےٚ تہٕ اَس ترٔژ ہش۔ کانگرِ سۆرس زٲلۍ دِوان اوسُس اوٚنٛگجہِ وُشناوان۔ گگر اَسۍ وونۍ تالوس دورِ دور کران۔ مےٚ دۆپ لیٚترٕ واینہٕ کھوتہٕ چھُ یہنٛز دورِ دور کرنۍ ٹھیکھ۔ جادٕ کھوتہٕ جادٕ ترٛاوِ گگر بیٚیہِ بچہِ درجن

کھنڈ ..... مگر آشینٛ اَہم بڑونٹھ کنہٕ۔ خیالس لاکم دِوان زِ کوٚت ووتھ؟..... مےٚ دوٚپ مس۔ "ژے ابسڈِٹی چھے؟ ژورِ بجہِ کھیوتھ صُبحک بتہٕ؟"

"فاقہٕ والین اَس نا بتس پیٹھ شیٛری چاے چیٚنٛی؟ تہنٛدی بانہٕ آسی نا سُروٕنی؟ باقٕے بانہٕ آسی نا مانٛجی؟ چوکس دانٛس اوس نا لوٗن؟ شُربن ہنٛدی پلو پنڈٕ آسی سے ہتی۔ تم آسی نا چھلنٛی؟ شرٛادِکٕنٛ تھٔوِم تم صرِف صابنہٕ پاٚنس منٛز وزِونی یاٚتی۔ ذٕہن دوہَن ہے ژےٚ تھو ناٚوتھس پلو سوٚمبرِتھ زِ ژےٚ دِمے نہٕ چھلنہٕ پتہٕ نیے تھ کاٚنسہِ دوٚپس؟" یہٕ اوُسس رٕنٛزِ ہیٛوٕ بوزان۔ جواب اوُسم نہٕ پھوران۔

گگرن اَس شاید کُرژٕٹ ہیوٚ تہٕ ٹُری کوٹہٕ اپور اوس تو رمُت تہٕ کیازِ دوٚیمہٕ اندٕ تہٕ اوسن ووٚنی کھُت لوگمُت۔ متھ گوم بییہٕ ووتھٕ تھوٚد تہٕ دب ژورلایہٕ تالوس کھولبن۔ مگر گرُک گرٕ گژھ ہے ہُشار۔ کیا با گوٚے راتھ کیُت بیوٚٹھکھ لبہٕ وانہٕ..... دوٚہلہِ چھےٚ نہٕ فرصتھ یِوان فضول کامہِ کارٕ تلہٕ۔ راتھ کیُتھ مہ کراسہِ نیٛندرِ پھرڈٔکی .....

ونہٕ کس؟ فرصتھ واراہ مگر یہٕ گگُر زن چھُم ہیکتھ مہُتھ نوان۔ مےٚ گوٚژھ نہٕ گگر پژاہ گژھُن۔

"پانژِ بجہِ دژالیس یہٕ چوکہٕ منٛز۔ بہہِ گنٹہٕ۔ تر اَسم مہاکھٕنٛی۔ کمرس گوم خبر کیاہ۔ سیٛوٚد چھُم نہٕ بنان روزُن۔ توہہ لاٚجِوٕنی گگرس ٹاسہٕ رارےٚ تہٕ پھوٚر گوم وٕتھی وٕتھی۔ واٚلنٛج چھم پنہٕ وٕتھرکی پاٚٹھی ہلان۔ ماجہِ اَس نَم اوٚترٕ شیچھی سوٚزِہو زِ ربتھ ہے گوم ژےٚ وُچھِنٛس۔ دوٚتی یاٚ ژ بدلاٚوم۔ شال کوٚ ڈُم نرِ پیٹھ

تہٕ سڑکہِ پیٹھ ووٗلم۔ یور تہٕ ؤژھس ژھیٛپہِ چھاری حبہ کدل تہٕ اورٕ تہٕ کھٔژِس پوٚت کھوری۔ کھاُنی من ہاُرِنَم ماجہِ اُچھوکنۍ۔ وتہٕ یُس سمکھیوم تٔمۍ ووٚنم ژئے کہے چھےٚ گومُت۔ جواُنی گیسے ژوٗر چھےٚ لوٚ گمُت؟ مول کھٔژٕ اٲیوم یور لڈاٚ ئے کرنہِ تِس رٔنم کھور۔ دوٚ پہ مَس میاٗنی پٹ کڈکھ اگرَ ے یور کھسکھ۔ اِد بیوٗٹھ پتھ۔ چاے چاوے ہَس۔ مےٚ اوس ہٕنس زن ماریک بہتھ۔ یور کھٔژِس تہٕ ییتہِ اٗسم ساٗری درکہِ دِتھ بہتھ۔ بأیِس اوسُے بتس ژٕیر گومُت۔ ماجہِ چانہِ کُرنَم نہٕ کتھے۔ دوٚ پہ مَس۔ ژٕے لاگ زٕ ہےَ تومہلہِ کھاُسی زٕ کھاُسی۔ مےٚ کیاہ چوکس چھمہٕ مَرید رٕکھ تراُوٕمت۔ یہِ وٗنن گوس سخ مُشکِل۔ صُبحس اُس شرٛ ادس پیٹھ ہوٕ۔ پتہٕ تُتی بتہٕ۔ پتہٕ تٔتھی جایہِ بہتھ شیرٕی چاے۔ پتہٕ دِژن تُتی شانڈ ہَن تہٕ شوٚنجی۔ یہِ دژ ائیس حبہ کدل پانٛوِ بجہِ تہٕ اُس شوٚنگتھے۔ اورٕ آیس تہٕ تمی وِزٕ اُس ؤژھوٕ۔"

زن نہٕ مےٚ یمہٕ کتھٕ زانٛہہ بوزمٕہٕ آسہٕ..... توتہٕ کھوٚتم شرارتھ۔ خَبر چھمہٕ کیازِ تہٕ کس پیٹھ۔ خبر کیازِ وچھم اُچھ زٕ زورٕ۔ اٗشۍ پھیٛرٕی زٕ پھیٛرٕی دژ ایہِ اُچھر والو مژٕی پھٔٹتھ۔

"وونی اوسُم نہٕ کُنیک۔ اٮ۪حساس چھنہٕ کاٗنسہِ گرٕھان کانٛہہ دپہِ ہےَ زِ اٗمِس نوشہِ سانہِ ماچھٕ کمبر پھٔٹان چوکس مژٕ ے۔ نیٛبرٕی ڈوٗن پھشٕے دِموس۔ نلکس تل چھِہ کھاُسی تہٕ ژھیٛنٹ تھال۔ یمن پھشٕے دِموس۔ یا صرف اَکہِ پھرِ ہیٚنہِ ہے زیوٗ پیٹھ زِ ژٕ ے تھٔچکھ۔ اَکی پھرِ ونہِ ہیٛم مےٚ ژلہِ ہےَ سورٕ ے تھکُن۔"

اَکی پھرِ ہے ہےَ مےٚ تہٕ پرٕ ژھ ہَن یمنے ماٗلِس ماجہِ نِش یِکھ زنمس،

یٚیتھی مکانس مَنز روز کھ، یہاے نوکری کرکھہٕ۔ یٚے تھود یہ ہَم سایہ..... تیلہِ کیا گیوو؟ مگر سُہ کتہِ پزٕ ژھنم؟ تمِن چھےٚ خبرٕ ے میون جواب۔ مےٚ تھو آشنہٕ أندی أندی لیف ژٔلِتھ۔ تمِس اُس تژہ تھرتھرٕ زلیفہِ پیٹھی اُس بوزنہٕ یوان۔ پیٹھ ترا ُوَمس کمل۔

"یہ أسم واٗلنج بربگہ آہژ۔ مالنہِ کوٗ ڈُم نہٕ کرٕتھ زِ بچاٗری مول ماٗج گوٗھنَم پریشان..... توٗہی تہِ وُچھی موٗژوداہہِ گنٹہِ۔ یٚیتی وتھرنِس منزٕ ے..... ووٗنی لوتے یَس ہٕش..... صُبحس آسہٕ یٚیہِ ہہہ بنے ہٕژ۔" پتہٕ روٗز گنٹس تالوس کُن أچھ درٕ لاٗگتھ۔ خبر کر پیٚیس نیٚندر۔ یہٕ روٗدُس لبہٕ ستی ڈوٗکھ دِتھ۔ دِیان۔ واری یاہَس کالس بوٗزنہٕ مےٚ ہٕکھٕی آواز.....

مگر آواز اُس چلان۔ کھرٹ کھرٹ..... گگر اوس تالو کوٗران۔ خبر سےٚ گگر کِنہٕ بدل کانہہ۔ بدل أسی تَن تہٕ گگر چھِ ساٗری ہوِی آسان۔ یِم چھِنہٕ تھکان۔ یِم چھِ دوہہ کھوتہٕ دوہہ نوٗان۔

تھوٗ کُمت اوسُس بہٕ۔ میٚاٗنی کم کم ژھل چلے یہٕ نہٕ۔ تیٚمِس پزٕ ژھُم تمٕ ووٗن توٗ و توٗ و ژھل۔ مگر ستی ووٗنُن یِم گگر گلن نہٕ زانہہ۔ اوٗترٕ ووٗن أکی ژٕنی گگر چھِ دِہہِ ستی ژلان۔ مےٚ تہِ کوٗرصحی زِ یِمن دِمہٕ ووٗنی دِہے۔ کم از کم یِتھ دوٗگنِس تالوس اندر روزن نہٕ۔ تلہٕ وُچھِر توکھ صاف تہٕ رنڈٕ دِتھ صاف رنگدار پچھِ۔ أندرٕ گگرن ہُنٛد جہنم۔ أندری أندری مکانو لبوٗ تہٕ ژینو سارِنے مکانن سرٕنگہٕ کھٔنی گگرو واتھ دُیتمُت۔ شہرٕ کی شہرس نیران اُکہِ اندٕ پیٹھ بییٚس اندس تانی ژھٹھ کڈِتھ۔ سارِنے پےٚ مگر ساٗری یِمن ستی لسان

بسان۔ گگر چھِکھ کٔنی کٔنی سپر سپر پڑاٹان مگر لوکھ لسان بسان یمنے ہتی۔

تہٕ کوٗرمے صحی یمن دِمہٕ دِہ۔ تالو پچھِ اُکس تُلم اگ۔ دوٗہم دِہ کانگرِ ہتی لاگہٕ نور تہٕ سُہ جوٗڑ اگس ہتی۔ توتہٕ ژٕلن کینژس کالس۔

اُتر اوس اَکہِ دوہہ پوٗژھا آمُت جمہٕ پیٚٹھ۔ اِدِ راتی راتس لوگ یمو کھرٛٹ کھرٛٹ۔ سخ عذاب گوم۔ تھوٗد ووٗتھُس تہٕ اَکھ تالو پٔٹے نیم پڑاٹتھ۔ سو رۆز پتہٕ ژون دوہن یلے..... پٔٹ لٲج اَخرس واپس تہٕ گگرن آو بیٚیہٕ راش۔ یم ژٕلن ووٗنی تیٚلی ییٚلہِ یمن آرٕور دِہ لگہِ۔ سُہ گوٚو تیٚلی ییٚلہِ مکان ہے نار لگہِ۔ اُتی کیاہ لگہِ واجن دِہ۔ یا تہٕ پیٚیہِ مکانے ؤستھ۔

ہو اُس ٹکھ دِژہمٕ وپر ہش پیمٕ۔ شُری اُسی کھوکھُت موکھُت کٔرِتھ لیفہِ تل شرٛ پیٚتھ..... اُچھن گو بے یم ٹارٕی۔ نیٚندرِ ہتی نہٕ۔ چیٚرو چم اُچھ۔ اَتہِ اُسی نہٕ ووٗنی اُشی پھیٚری زِ تہٕ زِ پھٔٹتھ نیرٕہن۔

☆☆☆

# سَے کل

## دُگوش

ینہٕ سے کلک ہٕتھ مےٚ سونچس چھرہ تنہٕ زَن چھےٚ مےٚ تَس رأوی ہٕتِس فِلاسفرٕ سنز بأش گأمژ۔ تژہ ؤری گرِ پیٹھ بادام باغ تہٕ بادام باغہٕ پیٹھ گرِچ وَتھ منڈان گوٚژھ نا تہٕ سُہ دأیرٕ برابر گرٕھن یتھ کرِمہٕ ژٕکھر وٗنان چھِ۔ سے کلس پیٹھ گوٚژھ یہِ دأیرٕ جل طے گرٕھن بیٚیہِ یَیلہِ مےٚ ہیٚو ہموار ربدار تہٕ بےٚ حأدثہٕ چلاون وول آسہِ۔

مگر اَز لِژم بےٚ شوٗنک سے کل کھارس نِش چلاوان زنکن بڑ یک تہٕ پتھر آیوس لاینہٕ۔ سَے کل کھارَن دِژنم تھپھ تہٕ بچوونس۔ ڈبکس آسہٕ ہأنم قسمت رٕکھو بدلہٕ گُمہٕ پھٹڑ ہتی۔ بیٚچس پیٹھ بیٚہنأوتھ پرٕژھنم :-

" کیا سأ ژےٚ تھوے یتھ نہٕ تأرٕے۔ انیوتھ نوٚ د سَے کل؟"

پڑون سے کلٕ اُمِس کِنتھ اُس مےٚ شِکس ژلہٕ راونچ کوٗشِش کرٕمژٕ۔ مگر یہِ اُسم نہٕ خبر زِ یقبال ماچھ بازرٕ منٛزٕ غاٗیب گومُت۔ سے کلٕ وأٹی اُسی میاٗنِس سے کلس تان سڑکہِ پیٹھ واہراٗوی٘متۍ تہٕ تتی اوس کھڈا۔ اوے تہٕ آیس مےٚ یکدم تھپھ۔

"دیپوٗمےَ نامےٚ اَتھِ تھَو پوٗنسہٕ۔ بہٕ ڈیاوے نوٚوسےَ کلٕ پانے!"

سُہ اوس میاٗنِس سے کلس ڈنڈس ریگ مارکٕری کٕری ناونہناوان۔ مےٚ اوس فلسفہٕ چمر یومُت نتہٕ آسہِ ہےَ سُہ پٔزی یژھان زِ مےٚ گژھ نہٕ پگاہ تہِ اتھ پیٹھ نظر پیٚنۍ تہٕ پرزناوِتھ گوٚ ژھُم نہٕ اُزِکی پاٹھی صدمہٕ گژھُن۔ پانس خلاف گوٚ ژھُس نہٕ پانے شاہدتھ ڈیُن۔ اُمی نِشانن دِوناویوس اکہٕ دوہہٕ نچوٗس مکھن لالس خلاف تھانس منٛز شاہدتھ نتہٕ کتہِ گژھِ ہے ثابت زِ میاٗنۍ لڈکن کوٚر ابکسی ڈنٹ۔ کُس تانۍ تل کٔرِتھ اوس سے کلٕ سڈکہِ پیٹھ ترٛاوِتھ ژوٚلمُت۔ پُلسن کوٚر سےَ کلٕ تھانس منٛز ضبط تہٕ سے کلٕ ژھاران ووٗتُس بہٕ توٚری۔ ولایتی نِشانہٕ دار پیٚنن سے کلٕ کوٚرُم شناخت۔ نتیجہٕ دژاو زِ مکھن لال نیوٗکھ رٔٹِتھ۔ لڈکہٕ ترٛاوناونہٕ خاطرٕ پیوٚ پُلسَس کوٚ ژھ برُن۔ تَس لٔگی ہسپتالہٕ ترٛےٚ ژور دوہ۔ گرس منٛز لٔج دندٕ وزن تہٕ لڈکہٕ گو بتھی پھٔیر۔ اَز چھُس سوٗنچان زِ مکھن لالُن پتہٕ گرِ ژلُن تہٕ ڈوٗدٕ ہَس منٛز گرِ پیٹھ بہُن ما اوس کُنہِ پاٗری اُتھی سےَ کلس ستۍ کانہہ تولُق رٔٹِھوِان..... جان گونہاوس تمام نِشانہٕ.....

سےَ کلس دوٚ یم ونہٕ: ........ ترٛن رتبن تھَو یوٗکھ بند۔ تتھے مہاراج کرٛشن منٛزی منٛزی کڈان اوسُے تہٕ کالیج گژھان اوس تَس تہِ پیوٚ پاٗدلی گژھُن۔ مےٚ اوسا

تسنٛدِ تھلکنٛگ ژُک تہٕ لگان، بہٕ اوس سے نا ژٕ ےٚ پھش پھش دِنہٕ دوہے ووٚٹ وسان..... چانبن خمن تہٕ کھشن ہُنٛد اوٗسم ناوسہٕ؟

سے کل کھارس دوٚپُم ونہٕ: ژٕ ےٚ کوٗتاہ احترام اوسے اَمہِ کہِ بڑانڈ ناوٗک؟ ییٚلہِ ییٚلہِ بہٕ اَتھ سے کلس پاٗنسہٕ لاٗگی لاٗگی تنگ اَس تہٕ اَتھ دکہٕ دِنک اِرادٕ کوٚرُم ژِ آہم نا اَمہِ بدلہٕ وسیلہٕ؟ چھے ناساٗ ژٕ ےٚ یاد؟ ژٕ اوسُکھ ناونان "یِتھ نہٕ کاٗنسہٕ ہِنٛدِس ونہٕ نَس کن تھوکھ! یہِ چھے ولایتی۔ اَز کتہٕ ساٗ یہِ چیز بنان!"

کھارَن وول مُدگاڈس ڈوکرِ دب۔ زنگارٕ لد ڈبرِ آیہِ پھٹتھ تہٕ چین گیہِ بیوٚن بیوٚن۔ تمی ژٕج تہٕ گژکہٕ وِنس پاٗنس اندر دِژِن داٗرِتھ۔ ژِھنٛز گو۔ زَن تہٕ سُری پینٛز تیٚلہِ کژاہہِ اندر داٗرِتھ دِژن۔ جان کوٚرُتھ۔ یِی آسہٕ ہاٗن سُری پیٚنٛزن آدن کالہٕ کران۔ میاٗنی پاٗٹھی ما آسہٕ ہاٗن کرینٛہاناوان اتھے یاٗتی تہٕ لاران نہٕ کہیں..... مےٚ آسہٕ اوٚنگجہٕ پھوٚہرِ.....

"کِنہٕ اوٚنتھ؟ ژٕ تہٕ چھکھ کوٚنجوٗساہ اَکھ!"

سے کل کھارس دوپُم ونہٕ: ژٕ ےٚ چھےٚ خبر چانہٕ اَمہِ اِلزامہٕ ستی گوڈہٕ نہٕ مےٚ کِچھ کِچھ۔ ییٚلہِ ییٚلہِ ژٕ ےٚ نِش یہوے سے کل شیرنہٕ یِوان اوسُس ژٕ اوس ہم ناونان۔ "ہےَ یِتھ کرناو اَور ہال۔ تژ اوساٗ یہِ کوٚنجوٗسی! خوداصاٗبنہٕ رژھو چھکھ ناوومید وار؟ بدلاو یہِ کھنٛڈ پھٹ بانہٕ.....؟

مےٚ کُس اَکھ باناہ چھُ اوٚر؟ بوٚڈ لڈکہٕ گوگرِ ہیتھ۔ تَس اَس نہٕ مےٚ ستی حواٗلی ہیتھ۔ لوکٹِس تہٕ کوسہٕ داسہٕ دارِز اَس مےٚ ستی؟ ستن وُری ین لوٚکُس نہٕ اَتھ کھور کُنہٕ۔ صِرف بُڈ روٗن عیال تہٕ مےٚ بُڈروٗن بور۔ مےٚ

پگہٕ ناویٖو وپَن لوٚہ لنگر مگر تسُند پگہٕ ناوُنگ سامرتھ اوسم نہٕ تہٕ اَمہٕ اپور کوسہٕ رحمتھ چھےٚ خوداے ہنٛز تی روٗزِم نہٕ خبر نتہٕ وومیدوار روزنَس کُس خرٕچ اوس؟ خرٕچ اوس بوٚڈ دوِن بالیغ کوربن ہُنٛد خانٛدر تہٕ شریراوس آوسیٚو مُت۔ رِٹایری ہنٛز تیاٗری کران۔ یہِ کھٗنٛڈ پھُٹ بانہٕ گس ہتی بدلاوٕ ہا؟

وبلاتیک یہِ نِشانہٕ اوس ووٚنی میٚے یوت نِش یہِ اوسُم سے کل وول دوہَے یاد پاوان مگر تروٚوُ ہہ وٕہرِ ی ییٚلہِ سے کلس اووَر ہال کرنَس چارے روٗد نہٕ اُمی کھارن وول نَم سوٗرے وبلایتی چرٕ یہِ دٕنتھ زِ اَتھ لگہٕ نے سوآد زٕ ہتھ روپیہِ۔ پتہٕ ووٚتھُم راز داٗری سان زِ مےٚ شوٗبہٕ نہٕ یہِ ووٚنی۔ تِتھِس چیزٕس قدر کرن وول گژھِ کانٛہہ جگر دار شخص آسُن۔ مےٚ توٚر یکدم فِکرِ سےَ کل کھار چھُم ونان زِ یاتہٕ بدلاوُن سے کل نتہٕ بدل پانہٕ.....

مےٚ لٔج اَنٛدرٕ کتھ تانی وُستخانَس تھِھ۔ کھار اوس رٕنیومُت ٹیٚوب لٗمی ٹایرٕ منٛزٕ نبرَ کڈِتھ انان۔ اَمہِ وِزِ آسہٕ ہَن مےٚ بیٚیہِ ڈبکس قِسمتہٕ چوٕرکھو بدلہٕ گُمہٕ پھٔٹِتھ دژاہتیٚ۔ تسنٛزٕ اَسہٕ وٕنہِ اَچھ آسم ونان۔ " چون سے کل کیُتھ؟ یِتھٕ کٔنٛز خوش کربم تِتھٕ کٔنٛز والس مُسلہٕ.....

"ہےَ ژےٚ زَن پھیرِ ے بُتھِس زردی..... مہ سأ اَن نوٚو سے کل۔ تھوسأ پوٚنسہٕ ٹھِسہٕ وآرِس..... " بہٕ وول نَس وانہٕ پیٚٹھ بون تہٕ گرٕ گُن ہاوٗنَم وَتھ۔ سُپوکہٕ بوٕدرٕ تجُن تہٕ کھر گرِتھ لأہِن سڑکہِ پیٚٹھ۔ سو آیہِ دوٗر تانی گگھراونہٕ زَن مےٚ کٔمی تانی سپنس کھر کھرٕ کوٚر۔

## ۲۔ ژیلتھ

کھوڈَس مَنز گوم کھور تہٕ بُتھی کنٛ آس وُرکاونہٕ۔ دوہَس خلاف اَہم نہٕ کانٛہہ شکایَتھ کرٕنۍ زِ اَز کیاز ِلوٗس سُلی۔ انہِ گٹہِ کوچہِ اوس مےٚ رفاقتھ کران۔ تتہِ اَسی نہٕ تِتھی ہوی ہمدردی ہندی سوال مےٚ ژوواپاٗری ورشُن کران زِ سےَ کلس کونہٕ ساٗ چھُکھ ووٗنۍ کھسان؟ بُجرس مَنز چھا دُژس واٗنسہِ ہُند رفیق ترٛاٗوِتھ ژھنُن روا؟..... یا اگرے سے کلس کبتھ وُچھوہَس تہٕ تیٚلہِ اوسکھ زَن اَچھن دارِ اوٚش وسان زِ ہے سےَ کلس کھٔسِتھ پاٗنسہِ ژور بچاونک لالچ مہ کر۔ اَتھ پٹھ چھنہٕ کانٛہہ پرٛژھ۔ مَنز وَتہِ دِلی داٗرِتھ تہٕ نل نکھ پھٹہٕ نےٚ۔

ترٛےٚ ہفتہٕ روٗد سے کل ووٚٹِس مَنز۔ خبر ہُمس کر پیوٚ ظوٗن۔ وٗژھم۔

"ژٕ چھُکھ پیدل دفتر کھسان۔ بسہِ خاطرٕ مُنگتھ نہٕ کرٕایہِ پاٗنسہٕ تہٕ زانٛہہ!"

"سوآد زٕ ہتھ بۄزِتھ گیس ژھوپہٕ تہٕ پکھے ژوٗنم سےَ کل بیٚیہِ واپس ووٚٹ تہٕ بیٚوٹھس حِساب کرنہِ۔ روپیہِ دوژھ آسہٕ مےٚ اتھ لاجہِ موٚ۔ ووٗنۍ بیٚیہِ پاٗنسہِ لاگُن اوس فضوٗل۔ یُتھے کھارَس ووٚنُم سہٕ اوس جواب ہیتھ زَن تہٕ تیار۔

"کیاہ ولایتی چھُکھ ونان؟ ڈنڈٕ وراٗے گٔس تان چھُ اَتھ ووٗنۍ پَگن روٗدمُت..... ترٛاوُن ییٚتہِ تھےٚ۔ ییٚلہِ خریدار بنی تہٕ کِنہٕ نےٚ۔"

ژوٗری مہِ دوہہ کرِنم زُتووٗہ روپیہِ موچھِ مَنز حوالہٕ تہٕ لوٚگ بدل

خرید ارس ستی کتھ کرنہِ۔ اَکھ نظر بند موچھِ کُن تہٕ بیٛا کھ سَے کلس کُن تژ اوان دژ ایوس تمہِ دوہہ پھُٹہِ متو کوٗھبو۔

سَے کل کِنتھ ژوٗل مےٚ کم اَز کم تمہِ ژہہِ شِکس یِیمہِ ژہہِ دفترٕ تہِتھے زنانہِ اَسہٕ وِنہِ ہونٛجہِ وونہٕ نم۔

"ژٕ چھُکھ مےٚ ئلےٚ ودٕناوان زِ دفتر چھُکھ پاٗڈلی کھسان۔ یِمہٕ رکژھ وُہ روٗپیہِ آسَے چندس؟ خبر کُس الوٗنس چھُے دِیتُمت یُس افرایہ تفرایہ کران چھُکھ....."

شِکس آو واپس تہٕ زلٕری ہٕندی پاٗٹھی بوٗٹھُم بیٛہٕ ڈبکس زال واہراٗوِتھ۔

## ۳۔ دب

"دب چھا کاٗنسہِ بب زِ پاس گژھبس" مےٚ نیوٗ گرٕ اژانٕے ایلان کرِتھ یُتھ اوٗرُک بوزنس وار روزِ۔ نتَے عاٗنکھ پھُٹہٕ نَس پیٛٹھ وُنی دوٗنکھٕ دونکھ گژھِہے۔ ہوٚس متہِ ہَے۔

ہوٚس باسیو مےٚ سوِ گوٗمت۔ ساٗری شُری اَسی زَن تہٕ رِہرسل کرِتھ کوٗنس اَکِس شژ یِیٛہِ متی۔ آشینٛز آیہِ۔ لوٗنچہِ ستی ووتھراٗونم نس تہٕ پتلوٗنس پیٛٹھم ٹیب دِنہِ۔

"دوٕ پاوٕ ے اَنہٕ ہاٗکھ زاٗنہہ پننہِ خاطرٕ۔ وُچھ کوٗسہٕ زردی چھےَ پھیٛر ہٕژ!"

مےٚ دوٚپ رٕٲگُس تانٛ سہلاب چھُ یِنہٕ وول یا آمُت نتہٕ گرٕھنہٕ یوٚت دُگوش اُچھن۔ بہٕ رٕوُس موحتاط تہٕ ووٚتھُس تَس واپس۔

"یِمَن دوٕدٕ شُربن آسُن گوٚژھ تِمَن چھِ موٗغلی چایہِ ڈُلی دِوان۔"

"چاونکھ پانے۔ اَسی کِتِس کالس پتھر اووکھ۔ اَسہِ موکلے یا پٔنٕز لانچ؟"

دَب اوس مےٚ گرِ نبرٕ لوٚگمُت مگر گرس اندر اوس کُس تانٛ طوٗفان آمُت یِیمہِ خاطرٕ بہٕ تیار کرنہٕ یِوان اوسُس۔

"پکنس گرٕھ ٹوکُن آسُن..... دٕہ دٕہ میل دوہَے کڈٕنی ماچھےٚ گِندنہٕ ہَنا۔ وونٛ کیاہ گیوو بسہِ لگہٕ ہأن روپیہ ترٕہ ژتجی..... اَخر جوانی ما روٗزِ دوہَے!"

مےٚ زون موقہٕ غنیمتھ۔ "آہنی اوس سَے کل لاگہِ کار تہٕ اوس سن بچور گگھر اوان....."

تمہِ ڈاج گتھ..... "مکھن لانٛز چِتھی چھےٚ وأژھو۔ ہیہرس ٕستی چھس کیاہ تانٛ تناظرٕ گومُت۔ مران مران چھنَس سوُرے زمین جاگاتھ کُمِس تانٛ باتھرٕ سٕندِس نچوٗس لیٚوکھمُت..... چھوٚن تہٕ نوٚن چھُن تژوومُت.....

مےٚ گیہِ حأرانی..... "مکھن لانٛز چِتھی؟ سدامہِ وٕہری....."

ٕستی گھوٕم ٕتر۔ "بہٕ کیاہ کرس یِیتہِ؟..... تہِ گرِتھ مےٚ نِش ژھیٚون تمی دوہہَ....."

"ونان کیاہ چھکھ ژٕ..... اَخر پنہٕ نُے خوٗن چھُ۔ وونٛ کوٚت گرٕھ بچور..... اکھ تہٕ اَکھ گوکاہ۔ مہاراج کرٕشن چھنہٕ کُن زوٚن تیوٚت انان زینان

زِ بوٚ ڈ عیال رچھِ ۔ لکھن لالنہٕ سٟتؠ گژھِ فرٕتے ۔ ژٕنؠ تہٕ دیو ٕ آرام ییلی ۔"

پننہِ آرامہٕ کمِن خابَن ہیوٚتُن مےٚ اُچھ واہراوِ تھے تاپر بوزنہٕ یُن ۔ مےٚ دوٚپ پکھے گژھٕ تہٕ سَے کل کھارس کرٕ زارٕ پارٕ ہے سے کلکی یم بیوٚن بیوٚن تان جوڑتھ بیٚیہٕ تھے پاٹھی ۔ اوَر ہال متہٕ کرتن ۔ شاید چھُ میانہِ زنانہِ ہُندے وُنن صحی ۔ جوڑنہٕ ییتھِ دِن پژانی پرٕ زٕ نو سٕر وِس..... مگر مؤمُت من اوسُم نہٕ مانان بیٚیہٕ زِندٕ گژھن ۔ کم اَز کم کھوٚر اتھٕ یُس دبہٕ سٟتؠ بے حِس گومُت اوس زَن گو وُشینہٕ سٟتؠ زِندٕ تہٕ دَگ ہیٚژن ووٕتلنی ۔

رژِ کھنڈِ گیہِ ژھوپہ ۔ پتہٕ وُژٕھم ۔

"دوٚپ مےٚ ہوان کونہٕ چھکھ اَمِس سے کل کھارس یہِ سے کل واپس؟ رتھ جاٚ گو ۔ آسِہن ناشوٚ رمُت؟"

یہٕ وبہٕ ریوس وَنی ۔ مےٚ دوٚپ تمہِ آسہِ مےٚ بُتھ پرٕتھ نیوٚمُت تہٕ ووٚنی چھےٚ صرف شانگان ۔ مےٚ گے عقلہٕ بقل ۔

"مےٚ کتہٕ شیرٕنو وُسہ؟ دوٚپہ مےٚ ناسو آدٕ زٕ ہتھ اوس منگان....."

تمِس گو وُچھان وُچھان بُتھ مچہٕ وارِسوٚنب ۔ اَتھٕ گیس یخ ۔ تمی لدٕ بمو ترٕ ووٚس سأری ہے بُتھِس جہار تہٕ ٹوٚپ آس کھزونہٕ ۔

"یہٕ اَسِس زاٚنتھ تی آسہِ گومُت ۔ سُندی جَن چھس دِوان زاٚلی تہٕ ہبنڈٕ وبند چھِم گژھان اتھٕ ۔"

مےٚ إَسن ووٚنی کوٚتھِس تہٕ دَگ کرٕنی ہیٚژمژٕ ۔ خبر یہِ اَسا دَب لگنہٕ سٟتؠ کنہٕ واری یا ہَس کالس پیڈل نہ دِنہٕ سٟتؠ ووٕتلے مژ ۔ تمہٕ وٚن کلہٕ بون

کن ژھلِتھ۔

"سے کل چھُکھ نیؤمُت! خبر کر آسہِ ہیم ووٹہِ نبرَ کڈِتھ تھوٗ ومُت....."

یہ بیؤٹھُس واری یاہَس کالَس ژھوپہ کُرِتھ صِرف جَواب ژھاران۔ پانَس خلاف پانہٕ شاہدتھ دِنک بیان۔ مگر جج ماچھُ پژاران مُلزِمَس زِ سُہ سونچہِ گوڈٕ فلسفی آسہِ۔ مےٚ پہو ونُن۔

"جان گو۔ فِکرِ ے موکلے یہِ تتھ کُس تان اوس اوٚر۔ سُہ لوِہےَ تہِ کیٚاہ؟"

زنانہٕ اُسم أش ٹأری بُرتھ تھَلہ تھَلہِ وُ چھان۔



# ہنوٗمان مندر

"یہوے چھےٚ مرضہٕ۔ یوٗتتھ وأتتھ چھےٚ بڑیک لگان۔ ٹُل ونی ہُمہِ کوچہِ نیرکھ۔ پیٚیی زَن زٕ قدم جاےٕ کڈٕنی۔ کینٛہہ گوٚے نہٕ ژیر۔ تھَوونی۔ تیژ چھکھ نہٕ دِلہٕ ہنٛز تھچھ زِنتھ ژلی کانہہ۔ پنٛڈِتھ آسی نہِ وُنہِ دفترٕ آمُت..... ہَتے کمہٕ ربمہٕ چھےٚ۔ کھبن ہےَ شُرک تہِ بتہٕ.....

"یہِ أس سےَ ونان دارِکاناتھنٛز ہمدردی۔ لوکہ ٹِس دوہَس بڈِس دوہَس پبٛٹھ چھُ بچور أتی آسان۔ خانٛدرَس پبٛٹھ بیوٗٹھ ڈنٛڈٕ دِتھ سانی گرِ۔ مخولہٕ چھُنہٕ ژُواہَن دوہَن وُچھن نہٕ پَننہِ گرٕچ وَتھ تہِ..... اَسہِ اوس أمی ہےٚ پبٛٹھ سوٗرے ژووُمت۔ بانہٕ کَھچُھچ گُنز تہٕ دارِکاناتھس اتھِ..... وازن گوٚژھ مصالہٕ تہٕ دارِکاناتھ ژھأنڈیوٗن۔ کورِ چھُ ستہٕ رأژ ہُنٛد سامانہٕ کڈُن تہٕ دارِکاناتھس پرٕژِھو۔

تہٕ کوسہٕ دۄتی کرِ دِوگۆنس پیٹھ تہٕ تہٕ اَس صرف دارکاناتھس خبر۔ دِپی سوزٕ ے اوس اُی ہے مٹہٕ..... مگر اُمِس نہٕ پڑٕھان کانہہ۔ تلا اُمی کھیٚیو وا کینٛہہ چیٚیو وا کینٛہہ؟ مانٛزِ راتٕ ژ دوہ کیابی ژایِس بہٕ بانہٕ کُٹھ۔ لپارٕ ی میٚن اوس ووٗٹ تہٕ کُٹھ ہیوٚ تمُت..... اِدِ کیٛاہ کرٕ ہاوٚ پنہٕ نین کُٹھی نکہٕ وار بن؟ مےٚ آسہٕ لیفہٕ کڈٕ نہٕ۔ بسترٕ اَسی ساری اُتی۔ صُبکہِ موقہٕ چھناتر لگان..... اَتہِ ہی چھسن وُچھان دارکاناتھ بچُو رلتہٕ گرٕٹ ہیوٚ پیٚومُت..... مےٚ چھُ عاری دِل۔ دوٚیِم وُچھ خاندر چھُ یہِ چلاوان تہٕ اُمِس کیٚتن چھےٚ نیٚنٛدٕ ر پے ہو..... بجلی گرٕم ژھبتہٕ تہٕ پان دِ تُمس پیٹھ دأرِتھ۔ شُری ہندی پأٹھی روٗٹُم تہٕ کوٗرمَس وُشنیر..... یُتھ نَے زِیو کأنسہِ نِش دِنکھ۔ میوٚن مرُن چھےٚ۔ ژٕ اَس ہم نالوکہٕ چار ونان۔ تُتھی پیٹھ دوٚنہٕ مے.....

"بڈان ہی چھِ تہٕ زولانہٕ چھِ نالی گوٚہان۔ ژور ژورشُری چھم پانس سوٚمبی وأتی متی۔ کرٕتھ چھنہٕ بنان کڈُن۔ کُٹھی نکوأرِس تہٕ بنہِ کیٛاہ؟ اکہِ لٹہِ چھس پانہٕ شونگان تہٕ بیٚیہِ لٹہِ چھُ ہہ۔ وِنی ونتہٕ ژٕ ے۔ اَمہٕ کُٹھ علاوٕ چھُ صرف چوکہٕ تہٕ ٹھوکرکُٹھ جِھس آمُت۔ چوکہٕ ما ژھبتہٕ راوَ؟ تہِ گرٕتھ چھا تتہِ نٕر زنگ واہراوٕنس موقہٕ؟.....

"ژٕ چھکھ اَسان؟ آہنی وِنی نَے یہوے پانےٚ جستہٕ خأز کرٕ۔ ٹھوکر کُٹھِس یپاری چھےٚ ناڈب۔ تتہِ چھُ زیٚن بوٚٹھ آسان تہٕ اِدِ کیٛاہ کرَ؟ جاے چھِ سوے..... اَس مہٕ۔ یہِ پرٕژھتم نا اِدِ کیٛاہ چھوٕ کران؟.....

"وُچھ بی۔ پٔنٛنی کُج چھُ ہہ ژورِ بجہٕ دوتھان تہٕ ییٚلہِ ضوٚ روٗ رتھ آسبس مےٚ تہٕ ٹلان۔ دوتھ تیوٚنگل دِم گرٕتھ۔ دوتھ لوٗن پھش دِم ٹھوکر کُٹھِس۔ دوتھ دُپہٕ چھم نہٕ اَتھہِ یوان۔ رٕتن دہپ کتہٕ چھےٚ تھوٚومُت..... دوتھان چھس تہٕ

رٔتن دِپ چھُس دِوان یوتاز دِپہٕ گنڈر رزان چھُس۔ آہن۔ اَنہٕ گئ تہٕ اِد
کیاہ؟ تی بوزتھ پہٕ تھارِ یہ اتھِ پیس۔ مےٚ بوزتَس برابرے۔ مےٚ چھا الگزار تہٕ
گژھان؟ آہنی پھرٕ ٹہٕ تمس مَنز کیاہ گژھم؟

"ناسے تمہٕ دوہہ چھُنہٕ پرٛبتھ گژھان۔ پتہٕ کتہٕ کرِ شژان۔ مےٚ؟ اِو
مےٚ نیہِ۔ للہٕ وبم۔ چارٕ چھُسہٕ کینٛہہ؟ تم رٕنی ہبی گیہِ بدلئے.....

"دارکاناتھس تھٔون اوٚرزوٚ۔ تِمن دوہن اوس یہ لداخ تبدیل
گومُت۔ نِکی نِکی شُری ہیتھ وئد رأژن گرِ کرُن۔ پیٹھٕ نہٕ وقتس پیٹھ پأنسہٕ
واتان۔ یہوے دارکاناتھ آم بچھور بکار۔ اَکی اوس مےٚ نِش یِوان۔ بگوتھ
ناوس کُن تہِ ہأونم أمی وتھ۔ پانہٕ چھُ ہوٚن مان جی سُند وو پاسک۔ میانہٕ
خأطرٕ کوٚرُن یوٚت تہٕ بہٕ تہِ ما چھُس تیژ خودغرض۔ أخر أمِس بچأرِس کیتِک
کھوٚت؟ آمنزی منزی أس سن بتہٕ میٛنڈِس رَٹان تہٕ پتہٕ أس سس رالتس زور
کران۔ یہِ ہبی چھُ دِلک حُب آسان۔ یِیلی پأنس تہٕ جانس وُشہِ نیر پھیری
تیٚلی گژھی دِلک حُب تہٕ پادٕ..... مےٚ چھُ ونان بابی.....

"ہوٚن مان جی یَس چھُ سخ مانان۔ مےٚ تہِ گیہِ یتھ مندرس کُن أمی
ہندی کنی خوے..... ونی چھےٚ نہٕ مےٚ یُتھ سرٕ دِ گنہٕ یِوان یتھ اَتھ مندرَس
مَنز یِوان چھُم۔ اَتہِ نہ چھُ پوٚنی باوُن تہٕ نہ پوشی لاگنی آسان۔ کأشرِن مندرن
ہندی پأٹھی چھِنہِ لبن ٹیٚکی مُتھی مُتھی..... اَتہِ چھسے بہٕ کوٚنس أ کس کُن بہان۔
دارکاناتھس نِش۔ تِمس چھےٚ سورے پنجأبی پاٹھ ژبتس۔ مےٚ اوس نہٕ "اوم جے
جگدیش" تہِ یوان۔ لوکہٕ چارٕ أسی أسی یہِ پرَان تنہٕ پیٹھ روٚز نہٕ ہألے۔ أزکی

شُری چھِ نحرٕ کران۔ اَسی آسہٕ شئ ہبنہٕ تہٕ ژور اَسی باَے۔ باَے ترٛاویکھ سۆکۆلہٕ۔ سأنی اَس نہٕ کتھے۔ صرف اوس گینڈ ناہ دژوکناہ۔ تتہٕ تہٕ اَسی مکانس حصہٕ گأمتۍ مگر کأنی اَس یلے۔ تتی اَسی گِنداں۔ ماہریٛنہٕ ماہرازس دارِ جبن.....

"ژےٚ تہٕ چھے اُسن یوان۔ ژٕ اَسکھ نا ماہراز ماہریٛنہٕ گِنداں؟.....

"اَسہٕ تتۍ اَسی لڈکہٕ تہٕ گِنداں۔ پِترٕی باَے اَسم پانژھ اَٹھ۔ بیٛنہٕ أسی أحلہ محللکۍ شُری سمان۔ ژےٚ چھیٛہٕ خبر سارِوے کھوتہٕ جادٕ کُس گِنڈن اوس اَسہٕ خوش کران؟ اَکھ لڈکہٕ اوس ڈاکٹر بنان تہٕ أکس أکس لڈکس تہٕ کورِ ونان توٛہی کرِو نیتھر تہٕ دود ژلِو۔ أسی أسی ڈبہٕ کُن گژھان تہٕ تتی نیتھر کران..... اَس مہٕ۔ دپھ أسی أسی ترٛٹھ۔ یم نہٕ أزِکۍ شُری۔ پیٚی چھکھ نہٕ کُنٛج۔ شالہٕ مأرہش اَس کأنی۔ ژووا پور آسہٕ ڈبَے ڈبہٕ.....

"ڈب؟ آہن بی ڈبَے چھم وأری وِتہٕ بکار یِوان۔ مےٚ کتھ چھِ بکار یِوان۔ دپھ روٗن چھُم أتی گاربوٗ گنڈبوٗ یہٕ أتھِ چھُس یِوان تہٕ کران۔ مےٚ نہٕ بی الہٕ گذار تہٕ گژھان..... اَدٕ کیاہ گرو؟ شُری چھِ بڈے ہتۍ۔ وونی ہے أمی سے نچأرِس دارکانا تھس آے دِیہٕ....."

"ژٕ چھکھ تیز۔ ژےٚ روٗدے پنجأبی پاٹھ یکدم یاد۔ بہٕ چھُس مُڈٕ۔ یِمن پنجابین ہی چھے بڈٕ شرٛ دا آسان۔ وُچھان چھکھ نا کیاہ نأوِتھ تہٕ سأوِتھ چھے پنجأبی بایہٕ اور یِوان۔ مُشکِلی دار چھے سأری ہے ہالس پھألان۔ ساسہٕ کم دوٗتی آسہٕ نہٕ کانہہ لأگتھ یِوان۔ موٹرٕ نے یِوان تہٕ موٹرٕ نے گژھان۔ تھنہٕ دوگل ہی شُری تہٕ دودٕ مٹھ ہی رٕنی۔ ژٕ چھکھ وُچھان گور کوتاہ ووتھاس چھُ یِمن کران؟ مےٚ

کُن چھُنہٕ اُچھِتھ تہِ ہلان۔ یہِ لے دارکانا پھِے زوٗلی اُٹھائی دِیس....."

"اوے تہٕ چھُم ہُمی ہنٛز ژران۔ دِپھتس ییلہِ نہٕ ژےٚ بگوان رنٛزناونہٕ خاطرٕ ڈبل پأنسہٕ نیری بگوان کتھ باپڑی ژےٚ؟ مےٚ چھُ پأنٛسس پأنٛسس حِساب ہوٕان۔ بکواس چھُم دوہے گژھان اوَے..... گوڈٕ نَے اَز پأنٛسس نیراٖنے کینٛہہ۔ دوٚپہ مَس ہوٚنمان منٛدر چھَس گژھان۔ یہِ ما چھُ کھرٕ یار گُری یار۔ اَتہِ گژھِ چنٛدس پأنٛسہٕ آسُن۔ اَدِ یہِ چھُ گوٚش دِوان۔ اورٕ یور آدتہٕ بیوٚٹھ جِجیرِ گڈٕ گڈٕ کرنہٕ۔ دوٚیمہِ پھِرے وٕنٛس تہٕ پامہٕ پام کربم یِتھ ہوٚہوٚ کرِتھ ودٕ۔ پتہٕ چھس تیمی سے ہوٚنمان جیس شرنہِ یِوان۔ ییتہِ چھُم دارکاناتھ تسلاہ دِوان۔ گرٕ ستی گژھان۔ تتہِ ہُمس بےٚ وأری کران زِ ژےٚ چھےٚ نہٕ خبر زنانہٕ کوسہٕ بگوتی چھےَ..... اُمس بڑ وٕنٛٹھ کنہِ چھس نہٕ پتہٕ کتھ تہِ پھوران۔ پشیمان چھُ گژھان تہٕ پتہٕ اورے زارٕ پارس یِوان۔ سُے نا ییلہِ رٕتن دیپ اَتھِ ییس نہٕ۔ اَدِ پوٚزٕے ونے اُمی ہنٛدِ وِزِ چھسے بہٕ کُنٛی بنان۔ بنہٕ نا؟.....

"گوٚے ژےٚ ژیر۔ پکی پتہٕ ہےَ یِیے بہٕ ستیٚ۔ دوٚپہ مےَ ہےَ کانٛہہ نَے نی کِلوِتھ۔ ژٕ تہِ ہےَ چھکھ میأنی پأٹھی بڈے ہٕژ۔ ووٚں گو بہٕ بُڈٕ رأونس رٕنی ہنٛدی سوٚپہٕ نیارن۔ مَس چھُم سوٗرے چھیتومُت۔ پتہٕ دیُت نَم اَکہِ دوہہ دارکاناتھن وہمہٕ اُنتھ۔ بہٕ ہبی منٛد چھے یَس لاگنس۔ اَکہِ دوہہ ہبی چھس منٛدرٕ پیٚٹھے گرٕ واپس یِوان۔ کاراہ اَکھ گیٚم بڑ وٕنٛٹھ کنہِ کھڈا۔ مےٚ ژٕج کرٕکھ نِپرتھ۔ مگر یہ ہبی فأطمہٕ۔ لوکہٕ چارٕ اَس فأطہٕ مےٚ وبس۔ سأنٛی ہے محلس منٛز اُس روزان۔ مےٚ اَس زِٹھ مگرٕ وچھم تہٕ باسے یم پأنٛس کِنٛس وٕری دٕہ مرٕ۔ اُمس ہبی دأرِوی

بڑٕ..بجاہ۔ قالین کارٕ بارٕ کران۔ گنٹس زٕٹ نس۔ أتی پیٚم أمی ہِند بن مس لگن ئُن نظر۔ موٗل چھٕتے ہِتی۔ مگر دوٗرِ باسان وُہہ وُرِش کوٗر۔ گرٕنی نَس تتہِ وُچھم ساکھیات لکھٕری ہُند دُین۔ فأرِن عُطرِ بوتلہِ جوراہ تہٕ وسمہٕ بوتلاہ دِژنَم۔ مےٚ تہٕ دوٗپ ہتا یہِ زندگی پیا بیٚہٕ؟ تتہٕ پیٹھ چھسےٚ بہٕ رنگ کران مستس۔ باسان چھیہٕ ژےٚ؟ دارکاناتھس چھےٚ خبر سوٗے بوتل چھم چلان وُنہٕ۔ دوٗہےٚ چھم پرٛژھان..... اَدبی وَن تہٕ پتہِ گو نا بگوانہٕ سُندے دیُن؟ آسہٕ ہأنےٚ یور یِوان ہوٗن مان مندر تہٕ کتہِ سمکھےٚ یِیم فاطہٕ؟ کتہِ کرٕ ہأ بہٕ مستس رنگ کرنس جوٗرتھ؟

"گوٗڈ تہٕ وُنی کھرٕ یار ملہٕ یار۔ تتہِ چھےٚ صرف زنانَن ہُند أنزرٕن تہٕ گنزرٕن۔ صاف پہان بُتھ چھٔلتھ تہِ چھنہٕ بنان گوٗھُن۔ صِرف چھکھ لگن ہنز چیٚڑ۔ پنٕنی نہٕ خبرٕ ے۔ یوٚت پیٚنس چھِ دٕہ صِفتھ۔ نہ ربہٕ کوچ تہٕ نہ نظر گژھ رٕ۔ سأری پأنس پانس۔ ذہَن ستی زان پچھان گوٗھان..... اتھ آرتھی تہِ وُچھ تہٕ دِلہٕ ہَن چھےٚ خوش گوٗھان۔ دارکاناتھ چھم دوٗہےٚ رٕڈان، آرتھی وقتس کیٛاژِ چھےٚ أشی دار آسان لگےٚ ہو؟ پتہٕ چھم زورٕ نالہِ متہِ رٹان تہٕ اوٚش ووتھران۔ یہِ ہبی چھُ اَتھ مندر ہے تأثیر.....

ہُمس ونیوم ژٕ تہِ آس تہٕ اور گوٗھان۔ اِدِ تمُس کوٚت یِی اور ئُن وَتھ؟ پانہٕ تہِ شرٛ یپہٕ ہے ژٕ تہٕ مےٚ تہِ شرٛ ڈپہ راوِ ہےٚ ژٕ.....

مےٚ ہےٚ چھےٚ وس زأنجر ہو أمی۔ وُنی ہےٚ یہوے ہوٚنمان جی یاربم.....

"اِدبی گرٛھ ژےٚ تہِ یأرٕ نٕے۔"



# ہم سفر

گوسونی وۆتھ میۍ ٲنِس ہم سفرس کُن تھدِ ہٹہٕ۔ "تم اپنے مجہب کو جان نہیں سکتا دؤسروں کو کیا سمجھو گے؟ تم سے بات کرنا فجوٗل ہے۔ خُدا خُدا کرو اور بَس میں بیٹھے رہو۔"

میۍ ٲنِس ہم سفرس وو تلے یہِ بُتھِس پیٹھ بے بُسی۔ أچھ گیس وارے سُنتھ تہٕ پھیوٚ رمے کُن۔

"یێلہِ تہِ یہٕ کانہہ رُت اِنسان وُچھان چھُسن یہٕ چھُس تَس یہِ سوال پۄژھان۔ أمی سوالن چھُ مےٚ گیوٚ رتُل مُت..... بمیہِ پیٹھہِ اوس اکھ فقاٗرا آمُت۔ تَس تہِ پُژھُم۔ تٔمی دِژنَم مِثال۔ دۆپُن یمہٕ چھےٚ زاٗوِجہِ کتھٕ آسان۔ یمہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھُ اَسہِ رژِ کھنجہِ دُنیاٗوی کارٕ بارٕ نِشہِ الگ پہوٗان روزُن۔ دۆپُن

مألِس أکِس آسی نہٕ گبر۔ دوشوٕنی دِژن روپیہِ تہٕ وڈٕنہٕ نکھ۔ گژھو تہٕ نفع کمأوِتھ
أنو۔ أکی نیچو لاگریم پونسہٕ تمہس تہٕ دُنیأوی کارٕ بارس۔ بیاکھ لوٗگ ذِکرِ الٰہی
یَس تہٕ روپیہ لاجن تسٕژن کامبن۔ یہِ روٗد بے قرار تہٕ ہُہ پھوٗٹ کارِمجازس۔
أخر أنی مأُلی دوشوے ناد دِتھ تہٕ بوٗزُن یہُند حال۔ أکِس کوٗرُن شاباش تہٕ
دوٗیمس کھتیرٕ۔ سوال چھُ کمِس آسبن شاباش کوٗرمُت تہٕ کَس آسہِ نأراضی
گومُت؟ یہِ چھُ سوال۔ اگرے میون جواب بوزُن یژھان چھِوٕ تہٕ بہٕ ونوٕ زِ
یہِ دولتھ مطلب زندِگیہِ ہنز دولتھ یتھِ کُنی خرچنہٕ تہٕ زِ سوٗد ہیتھ پیہِ واپس۔ سوال
چھُ کتھٕ کُنی خرچون۔ أمی چھُس بہٕ پریشان کوٗرمُت۔ توہی ....."

مےٚ ہیوٚن ٹھولہٕ گوہنہٕ۔ تَس گوٚژھ نہٕ ملالہٕ گژھُن اوکنی زوٗلم
سگریٹھ تہٕ گوس ہُشار۔ پنہٕ نِس أمِس ہم سفرس چھُس بُتھ ژرژان یُس پزی
زِندگیہِ ہنزِ غأرمُنصِف خرچہٕ سٕتی کژیھنومُت اوس تہٕ کینہٕ آسس گامُتٕ۔ خبر
کتبن دوہن شیو کرنے۔ أچھ کژیھنبن آلہٕ کوٗنڈلن منز سنے موٗ ہشہٕ۔ ژم یا تہٕ
لیڈ ریمو یا نیلے موٗ۔ خوشک تہٕ پھہرِ مَس لنجہٕ ہوٗہس منز وٕڑی وٕڈی گوٗھان۔
مےٚ موٗنگُن سگریٹھ تہٕ میانہِ ڈبہٕ منز کڈِن زٕ ترٕے علاوٕے یم مےٚ کُن اَسنہٕ ہنا
گرِتھ پنہٕ نِس چندس پٔشرن یاں زِٕ ژٕ چھُکھ پنہٕ نُے ژٕے کیاہ ایتراض آسی۔
مےٚ آو پزی آرہیوٕ أمِس پیٹھ۔ مأُلہٕ قمیض، ژھیوٕنمُت پتلوٗن شکِھر تہٕ بوٗٹہٕ
زچہٕ کُن وٕچھِتھ نہٕ بلکہٕ أمی ہندِس سوالس پیٹھ یمو پزی أمِس گیوٕرتلمُت
باسان اوس۔ تمی ہووٕ مےٚ أچھی سٕتی تہٕ مےٚ وٕچھ اَسہِ پتمہِ سیٹہِ أکی پیر جوراہ
نفیس تہٕ صاف پوشاکھ لأگِتھ کیاہ تانی زورٕ زورٕ بحث کران۔ تمی پرٕژھ مےٚ

اِشارن منزٕ رے زِیٖمن پرٛژھاپٔنن سوال؟ پتہٕ ووٚتھم لوتہٕ پأٹھی:-

"دوہے چھُس بہٕ بسہِ اندر سفر کران۔ یُس وق أسی بےٚ فوٚضوٗل ہہٕ ہہٕ تہٕ داربو کنٕ تماشہِ وُچھی وُچھی ضایہِ کران چھِ سُہ کونہٕ لاگہِ اِنسان جان کتھ باتھہِ گٔن۔ دٕیِن تہٕ دُنیچ کتھ باتھ۔ أخرتھ تہٕ غأب کین مثلن گٔن۔ ون کیٛاہ چھُکھ ونان پرٛژھا بہٕ یِمن۔ ژٕ ووتھ اتھن تھوٚد۔ چانہِ جایہِ بِہتھ ہیکہٕ بہٕ یِمن سٕتی جان پأٹھی ہم کلامہٕ سپدِتھ۔

مگر بہٕ ووٚتھسس نہٕ مُلیٛہہ تھوٚد تہٕ کیٛازِ مےٚ اوس کوٚٹھن دون منٛز باگ توملہٕ ٹھیلہٕ یُس تھوٚدتُلن تہٕ نوٚن کڈُن بہٕ یژھان اوسُس نہٕ۔ تَس کھوٚت شرارتھ۔ بدتمیزی تہٕ غأر اخلأقی ہنٛز پامہٕ دِژنم۔ مگر بہٕ ووٚتھُس نہٕ تھوٚد۔ أخر ہأرِتھ بیوٚٹھ ژھوپہٕ کٔرِتھ دۄرخبر کور وُچھنہٕ۔

پیٖر صأب أسی ووٚنی دونٛکھہِ دونکھ کران۔ شاید أسی کتہِ تانی عدالتس منٛز تأریخ دِتھ آمتی۔ جنٛس بڑوٚنٹھ کنہِ أسکھ نہٕ کتھ پھوٚرمژ۔ أکھ ووٚتھ بیٚیس "ژےٚ اوسیہِ اُپزٕ رے وونہٕ مُت زِبغیہِ چھےٚ کوٚرمُت۔ وکیٖلس اتھِ تہٕ ونہٕ نووٚتھم یِ..... خأر یاد تھٔوی زِ۔ اگرے میون زمیٖن مسجدِ کھیو ژےٚ تہِ دِمےٚ نہٕ اتہِ روزنہٕ۔ اَز تہٕ آسی اتہِ ہزُرن تہٕ پگاہ تہِ۔ ژےٚ کیا چھےٚ پتاہ دستار پٔجاہ دِتھ کر ہأس اِمامتھ۔"

میون ہم سفر ووٚتھ مےٚ گٔن۔" تو ریہِ فِکرِ؟ خوداصأب چھُ پیٹھ کنہِ سوٗرے وُچھان۔ وُچھتھ اَپزِس ماچھِ کوٚٹھی آسان؟ پزر چھُ أخرِتَس تانی اَسہِ سٕتی پکان۔ دُنیأوی سوال تہِ چھِ امی سٕتی حل گژھان..... " رژِ کھٔنڈی ژھوپہٕ

کرِتھ وۆتھ بیٚیہِ مےٚ کُن۔ "کیاہ ساٗ چاےٚ راے کیاہ چھِ؟ سپدِ ؤ یمن بُزرگ پیر صاٗبَن سِتۍ ہم کلام؟"

مےٚ پیو نہٕ جواب دیُنۍ تہِ کیازِ بس رُکے یہِ تہٕ ملٹری واٗلی جورا کھٕتۍ۔ اَکھ بیٚوٹھ میےٚ نِش۔ یہٕ پۆکُس اوٚری ہُند پکان۔ کوٚٹھبن منٛز باگ توملہٕ ٹھیلہٕ تہِ گکھرووُم اوٚری ہُند پہان۔ میٲنۍ ہم سفرن منٛز ملٹری واٗلِس پیٚڑی۔ تٔمۍ کوٚڈ پیٚڑی بنڈل تہٕ نہ صرف دِژن تٔمِس پیٚڑی بلکہٕ باٗگروٗن پیٚڑی بنڈلِ اٗندی پکھِ چِن سوراٗبن۔ مےٚ چھُ پیٚڑی مُشِک کھران۔ پیٹھٕ ییٚلہِ پیٚڑی پانٛژھ اَٹھ اٗکی ساتہٕ دزٕ مےٚ پیو پٔتِن سگریٹھ زالُن۔ ماحول اوس عجیب پانہٕ نیارٕ تہٕ اَسن کھنگالہٕ سِتۍ برنہٕ آمُت۔

"یہ چاول چھپا کے رکھا ہے؟" ملٹری واٗلی پرٛژھ مےٚ ییٚتھے میانٮن کوٚٹھبن منٛز باگ کِس ٹھیلس پیٹھ نظر پیٚیس۔ مےٚ گو اٗمۍ سُند یہِ بڈٕ بڈٕ پرٛژھُن بڈٕ مُضِر۔ کہیں جواب دِتمس نہٕ۔

میٲنۍ ہم سفرن لاٗج ملٹری واٗلِس سِتۍ کتھ۔ پرٛژھنس۔ "کِدر جانا؟"

"سنیما پے اُتریں گے۔"

جواب بوٗزِتھ تہٕ ظاٗہرن خوش گژھتھ وۆتھ ہم سفر مےٚ کُن۔ "خبر کیاہ ونان لُکھ۔ بڈٕ دِلبر ہساٗ چھِ یم فوٗجی جوان آسان۔" پتہٕ پرٛژھنس بیٚیس ملٹری واٗلِس کُن اِشارٕ کرِتھ۔

"آپکا دوس بی جایے گا؟"

"نہیں وہ او ڈی جاے گا۔ بدلی ہو کر جا رہا ہے۔"

بیٚاکھ ملٹری وول اوس بُتھِ رنگ روٗٹھ باسان۔ وُنسہِ آسہِ ہَے مساہ ارداہ۔ تَس اُس نہٕ سیپٹ میچ ہش۔ اَنجنس نِش اوس سِٹوٗلس پیٹھ بِہتھ۔ بیٚیس سوارِ ستی تھر دِتھ۔ بُتھ اوسُس اَسہِ یعنے سوار بن کُن تہٕ تھَر ڈرائیورس کُن۔ تَس بِلکُل بڑ وٹھ کنہِ اُس سوار بن منٛز زنانہٕ اَکھ شُر ہیتھ۔ زنانہِ آسہٕ ٹھولہٕ گژھان تہٕ رنگ روٗٹھ اوس مُدے گنٛڈِتھ تسٕی کُن وُچھان۔ اَتھ ژٕ اُسس بے وایہِ زنگن دون منٛز اویزان۔

میٛانِس ہم سفرس آو بیٚیہِ کیاہ تانیٚ وٕ کِتھ۔ گوسانٛس کُن ووٚتھ۔ "بابا جی جب قودرتھ نے تقدیر پہلے ہی لکھا تو ہم کیوں زندہ ہے؟"

گوسانٛی اُس باسان اُمس وگ رٕٹ ہش۔ اُدی کی پاٹھی دیُت نَس جواب۔

"تُم کو اپنا مجہب کا پتہ نہیں تو ہمارا جواب کیا سمجھے گا۔ تُم بتاو تمہارا جحرت یوٗنس کو مچھلی کے پیٹ میں کیوں چھُپایا؟ نہیں معلوم؟ تو پھر چُپ چاپ بیٹھو اور خُدا خُدا کرو؟"

مگر سُہ بیوٗٹھ نہٕ ژھوپہٕ کرِتھ۔ مےٚ کُن ووٚتھ۔ "ہَے ژٕ ے ون سأے یم ملٹری وأل بچأری کیاز زِ مرنہِ گژھان؟ یمن آسن نا کرِ شُری بأژ پیاران آسان؟"

اُمی ہندی سوال تہٕ سوال کرنہٕ ستی زن ہیوٚتہٕ نَس بہٕ تہِ گیر گژھُن حالانکہ مےٚ اُس پنٛنی فِکرِ تیژ زِ دِمباغ اوس زبردس آوٗر۔ مےٚ دیت نہٕ اُمس

کہیں جواب تہ زولُم بیا کھ سگریٹھ ۔ یتھے بس گڈرس تل رُکے یہ مے ہیٚژن واُلنج راوِنی ۔ توملہٕ ٹھیلس دِتُم سپٹس اندرکُن دکہٕ ۔ گڈرٕ چپراُسی اوس سپٹن منز باگ تہٕ تل گژِ ہنزٕ وچشمو وُچھان ۔ مےٚ تھوِ زنگہٕ زِ بییہٕ ہَن چیرتھ ۔ یہٕ ملٹری وول تہٕ روٹُن ۔ مےٚ کُن اوس دولہٕ وُچھان تہٕ گونژھو تگی اَسان ۔ مے ہیٚژن اُچھن اَنہٕ گنڈہٕ گژھنی ۔ مےٚ آیہٕ پتٕ مبن سداہَن دوہَن ہنزٕ سختی نظرِ تل ۔ تومُل ژھاران کس غلہٕ دارس گوس نہٕ یہ وانس پیٹھ تہٕ گرٕ تام تہِ صِرف ہُٕ زِم قسم تہٕ قوران زٕ سُہ کتہِ سأ تومُل ۔ یارو دوستو احلہٕ محلہٕ والو سارِوے دِتی کوکالکی تہٕ حکومتکی بارِوَ ۔ تَم آسہٕ ہَن پوٚزے ونان مگر مےٚ اوس سورُے دُنیاہ اَپزٕ تہٕ دوکھ باز باسان ۔ اُخرس پہو مےٚ ورِمُلہِ پیٹھ شہرتہٕ پتہٕ اننت ناگ کھسُن ییٚتہٕ کمہِ کشالہٕ یم اُٹھ ترٕکھ ڈٕسی یاب سپدِی ۔ اَکہِ گڈرٕ دژایوس صحی سلامتھے وونی اوسُم نہٕ باسان یہِ دوٚیم گڈر کیاہ ترٕ اوبم ۔ اَکھ کرنم تومُل ضبط تہٕ بییہٕ ماکرن جُرمانہٕ تہٕ ۔

خبر بُتھ میون ما اوس یہِ سأرِے کہأنی ونان تہِ کیاز ِملٹری وأ لی پلہٕ نأونم پہڑی تہٕ وڈٕ تھُم ۔

"لوپہڑی پی لو بابوٗ ۔ وُہ بس سے اُتر گیا ۔" مےٚ رٕٹ پہڑی تہٕ زألتھ دِتمس زیوٗٹھ دام ۔ واُلنج کھوٗ بوٗٹھ تہِ کیاز ِبس اُسن پکنی ہیوٗ ہوٚ ۔"

میون ہم سفرووڈٕ تھ ملٹری وأ لِس کُن ہاوان مے کُن ۔

"یمن کوس سأ فکرِ ۔ سرکأری بتاہ چھِ کھیوان ۔ روزن جاے تہِ مُفتے ۔ سفر خرچہِ پکو دَلو سورُے کینٛہہ مُفتے ۔ دپھسأ دٕ پیچ نہٕ پریشأنی کانٛہہ ۔"

مے پیوٚ انکار کرُن۔ پتہٕ کوٚ بیٚیہِ کَس بتھ تجید تہٕ ووٚ نہ کم :-

"تُتھے ہیوٚ اِنسان یس نہٕ دُنیہک غمے آسہِ ہیکہِ میٲنِس سوالس جواب دِتھ۔ کِنہٕ نہ؟"

ملٹری وٲلِس کیاہ آسہِ ہے سٲنِ کتھ فِکرِ ترٛاوِتھ۔ مگر سُہ اوس اسان ہیوٚ۔ پتہٕ ووٚتھ اَسہِ دون کُن :-

"حیران کیوں ہوتے ہو بھایو۔ سالی عورت دیکھنے کی چیز نہیں تو اور کیا ہے؟ جوان دیکھ رہا ہے اور کر کیا سکتا ہے؟"

وٕنی پیوٚ مے رنگروٹس کُن ظون۔ ملٹری وٲلِس اُس رائے گاٹُھ زِ اَسہِ گُر تیسِتھ کتھ۔ شُری واجێنی زنانہٕ اُس ہُشار گاٹُھ تہٕ کھونہِ منٛز شُرِس مومہٕ دِوان۔ رنگروٹھ اوس نہٕ تیسِتھ بہہ پیٹھ نظرِ ے تُلان۔ سون یہِ ملٹری وول اوس زَن تہٕ اُمِس جوانِس اُشیر واد دِوان زِ کر نظارٕ۔ تُل لُطف۔ میانو نظرو تہٕ وُچھ۔ زنانہِ اوس نہٕ اور کُن ظونے۔ سو اُس شُرِس گِنداں تہٕ تَس ستی اڑ کجہٕ کتھٕ کران۔ وٕنی آسہٕ بسہِ منٛز کینٛہہ سیٹھہٕ خٲلی گاٹُھ مگر نوجوان ملٹری وول اوس نہٕ سِٹوٗلہِ پیٹھٕ تھوٚد ووٚتھمُت۔

بہٕ ووٗتُس منٛزِلس تہٕ ووٚتھُس تھوٚد۔ توٚملہٕ ٹھیلہٕ سیٹھہٕ تلہٕ کڈنس تہٕ بون والنس گیٚم سیٹھاہ سختی۔ مگر گرٕ توٚملہٕ پھوٚل واتنہٕ ستی گژھاہ خوٚشی گژھم شُربن باژن اُمی بشاشتن دیُت نہٕ سختیہِ ہُند باس۔ پزٕر گو یہِ زِ اُمی ہم سفرن تہٕ کوٚرنَم مدتھ۔

سُہ تہٕ ووٚتھ بون۔ اَکہِ اَکہِ ہیوٚتُن ملٹری وٲلِس پیر صاٲبَن تہٕ بینێن

سوار بن اِجازتھ بُس دژایہِ۔ مےٚ دۆپ ووٚنۍ نیرٕ بتہِ پَننہِ وتہِ۔ مگر سُہ کتہِ۔ أمۍ شخصن ٹُل میون تۆملہٕ ٹھیلہٕ پھیٚکس پٔٹھ تہٕ دوٚنُن۔ "کپأرۍ سأ چھےٚ ڈیرٕ؟ یکھ سأ ژٕ زن پرٕ ژھکھ نہٕ أسۍ مأمشر اووتھ؟ ژٕ ےٚ ستۍ چھےٚ وُنہِ واری یاہ زان پچھان کرٕنۍ۔ واری یاہ کتھٕ چھےٚ کرنہِ۔" "نا یارٕ تژ اوٗ ٹھیلہٕ پتھر۔" میأنۍ کتھ بۆزنٕے نہٕ تہٕ ہیوٚتُن قدم ژیُن۔ بہٕ اوسُس حأران تٔتی کھڈا یوتانۍ سُہ ہور ووت ..... ووٚں لۆگ نہ مےٚ تہِ چارٕ تٔمِس پتےَ پکہٕ نَس۔ بہٕ اوسہٕ سن سُہ رُکاوِتھ ٹھیلہٕ تٔمِس ژنٕج کوٗشِش کران تہٕ سُہ اوس زیچھِ لانپہٕ کڈان تہٕ بڑ وٹھ نیرِتھ گژھان۔ تٔمِس أسۍ نہٕ پٔدۍ سوٚرۍ پھوان تہٕ سُہ اوس گیران ہیوٗ۔ سُہ اوس پکان تہٕ تٔمِس گیہِ بوٗٹھ تونتھ ژھینہِ ہتس پتلوٗن ژٕدِس منٛز بند تہٕ آو یکدم پتھر لاینہٕ۔ تۆملہٕ ٹھیلہٕ پیو پتھر مگر شُکُر زِ ژھیٚنِتھ آونہٕ۔ مےٚ گرٕس تھپھ تہٕ تُلُم تھوٚد۔ بُتھِس اوسُس لیٚدر ریرٕ پھیوٗ رمُت۔ تژیش أنم تہٕ تژ أومَس۔ تیٚنژن أچھن منٛز آیم بوٗچھِ لاچأری تہٕ تیٚہہ بوزنہٕ۔ ٹھیلہٕ تُلُم پانے۔ تَس گرٕم تھپھ تہٕ نیوٗم گرٕ۔



# ہآر

کانتا! مےٚ دوٚپ ہکتہٕ پھرِ زِ صاف ونے بہٕ کیازِ چھُس یتھ کلنڈرس گُن وُچھان تہٕ وُچھان۔ وُچھی اَتھ منٛز چھِ اَمِس زنانہِ ہنٛز تصویر بڑٕ خوٗبصورت۔ أمِ ہنٛدِس ووگنس سینس چھُ یہِ زاٗویِل پرٕ جامہٕ ہیوٚ رگُن تہٕ زیادے پہان نیٚبر گُن چاٗرِتھ باسان۔ مےٚ چھنہٕ اَمِس ژےٚ ہتیٚ کانٛہہ مُقابلہٕ گرُنچ نیت۔ مگر یہِ پیٚیم وُنی زِ مےٚ چھِ اتھ گُن وُچھِتھ کیاہ تانٛ راحت ہشی میلان۔

ژےٚ ونے نہٕ کانتا! ژےٚ روٗزی نَے پَنُن ویٚشواس قاٗیم۔ ژٕ چھکھ مےٚ دوہے سبق ونان آسان زِ بگوان چھُ بوٚڈ۔ بگوانہٕ سُند ناو چھُ بۄ ساگرس تار دِنہٕ وول۔ بگوانہٕ سُند لوٗبہٕ دُن رِپ چھُ منَس شاٗنتی تہٕ سنتوش دِوان۔

ژٕے آسی نہٕ یہٕ کُنہِ کِتابہِ منٛز پٕوٚرمُت گوکہِ مےٚ چھُ پٕوٚرمُت۔ خبر امی ماچھے
ژٕے اَتھ پیٹھ پَرٛھ تہٕ مےٚ چھِ یِم بےٚ مانے لفظ باسان۔ ژٕ یِیلہِ یِوان چھکھ
اتھ کلنڈرس چھکھ گلٕی زٕ گنڈِتھ پَرِن پیوان تہٕ پتہٕ دُپہٕ زالان۔ اَمہِ تصویرِ کی
پأٹھی چھِ مےٚ دُپکِ خوشبو تہِ خوش کران۔ بہٕ چھُس زِیٹھو شہوَ یہٕ یوسمن مُشکہِ
دار دِہماغس منٛز بران۔ مےٚ چھکھ نہِ میوٗٹھ روب کران۔ اَسہِ ؤنہِ ہونٛچہِ۔
اوٗترٕ ووٚنہٕ ٹھٕم۔

"اَز تہِ اوسوٕ بسترٕ پیٹھے کِنٛہ تژٕ وومُت۔ کلہٕ ہورکُن مگر کھور اُٹھی کُن۔
صُبحأے ؤتِھتھ اُسی ہیوٕ گوڈٕ پیٹھی بُتھ وُچھان تہِ کیتاہ روٗگ تہٕ سنکٹ گژھ ہنو
دوٗر۔ تتھ چھوٕ گوڈٕ آسان سگریٹ ڈبہِ میوٗٹھ کرُن۔ بہٕ چھُس کلہٕ توٚمرِتھ چون
وُنٛن بوزان تہٕ پتہٕ ژٕے تھی تھلہِ تھلہِ اوٗری کُن وُچھان۔ امیک انگ انگ
ژرژان.... وُٹھ مُرٕھلی گولاب ؤتھر، اُچھِ مَس مٹن تل ہشہِ گأمژٕ،
اڈوژَھے۔ پأٹس تہٕ پرُس ؤلِتھ یہٕ ژٕ تہٕ پرٕینٛگ تَن..... خبر ژٕے گوٚیہٕ اور کُن
زانٛہہ ظون؟ نہ ژٕے ہیٚکی نہِ منَس گژھِتھے۔ ژٕے چھے صرف اکھ سنتوش میلان
زِمےٚ چھُ اورکُن روٚحجان بڈان۔ میأنس منَس چھُ بکھتی ہُند رنگ کھسان.....
یا بلکہ ژٕے آسی میانہِ کھوتہٕ زیادٕ تیز ذہَن تہِ ژٕے آسی سأرٕے خبر .....

کانتا! بہٕ چھُس نہٕ چون یہِ ویشواس یا کانٛہہ تہِ ویشواس پھُٹرُن
یژھان۔ شاید چھُس نہٕ پھُٹرتھ ہبکان۔ روٗزی نے ژٕے خیال زِمےٚ چھےٚ چأنۍ
پژتھ کانٛہہ کتھ بیہان۔ بہٕ ونے نہ ژٕے زانٛہہ زِ یہِ کلنڈر کیاز چھُ مےٚ خوش
کران۔ بہٕ کرٕ ے نہٕ ژٕے ستی بحثہٕ زِ خوش کرُنٕے یوت چھُ کأفی۔ اُخر ژٕے

آسی نا یہِ زِہے سوٗچ مت زِ ژیٚے یہِ کلنڈر کالج لایبری منٛز اوٚنتھ تہٕ صرف اَوے کنٛز زِ خوش کوٗرُ ے۔ مگر اَمہِ پتہٕ دِتتھ ژٕ ے اَتھ واریاہ معنے تہٕ دِس۔ بہ تیے اتھ پٔنٛز معنے چھُس دِوان تہٕ بخشے کتھ کرٕ؟

کانتا! ژٕ چھکھ وُنی کِس اپارِ شاید پکورِ کران۔ یہِ کوسہٕ ذِمہٕ وآریا ہیٚژتھ ژٕ ے؟ اَز؟ گوڈٕ کر ہیٚژتھ نہٕ ژٕ ے اَز اوٚسُس کالجہِ یِوان تہٕ حلوأیس نِش اَنے یِم پکورِ تہٕ رژھا رژھا کھوان اوٚسُس قدم قدم کڈان۔ ژٕ ے خبر چھےَ مےٚ آسہِ نہٕ یِمہٕ کُنہِ شوقہٕ انہٕ مژٕ۔ ژٕ ے ٹھیکھے ووٚنتھ۔

"یہِ کیا وتہِ اَسو بےٚ شورن ہندی پاٹھی پکورِ کاغذا ہتھ کھوان تہٕ پکان۔ اَز تہِ اوسٕ نا ضُجس بتہٕ کھیوٚمُت؟ سبزی اَسٕ نا اَنی مژٕ کِنہٕ تومُلے چھونہٕ کینٛہہ، کِنہٕ آلٗژھ اودٕ تہٕ بتے روٚن وٕ نہٕ؟"

بہٕ کیا جواب دِمہٕ ہأے تمہِ وِزِ؟ ژٕ ے کتھ سوالس دیتتھ نہٕ پانے جواب؟ تورِ تژھے بیٚھکھ ووٚنی پکورِ کرنہِ۔ یِے ژٕ ے زونتھ زِ شوقہٕ انم نہٕ پکورِ تہِ ونی کتھ بیٚھکھ واناہ واہرِ تھ؟ یِتی چھے یِمن ڈبن منٛز خبر کیا کیا اوٚنہٕ مُت! یہِ لادن کیازِ چھے ژٕ ے؟

اورٕ آیکھ تہٕ یِوانٕے گیکھ کلنڈرس بزونٛہہ کُن تہٕ اتھ اتھٕ لاٗگتھ موٗتھُتھ پتہٕ نبن اَچھن۔ حسبِ موموٗل وُژھکھ مےٚ کُن۔

"توٚہی کیازِ چھٕو دوہ کھوتہٕ دوہ وسہٕ وآسی بنان۔ پژھ گرٕژھ تھونی اَکِس الیٹرس پٹھ۔ پتہٕ پیٚگھ بیٚیہِ بگوانس پرن۔ مےٚ لجہِ بیٚیہِ اَتھ سوندر مُژٕ ژ کُن اَچھی۔

مے پرٛژھ مے نہٕ ژےٚ رٲہہ کانٛہہ مگر سوچان پٔتھس پرٛژھے زِ یہِ
کلنڈر راوٕن تھنہٕ ژےٚ لائبری منٛز ٹٕلتھ صرف اِکی زِ خوش کوٚرُے یا زِ بکھتی ہُند
باسیوے یہِ اَکھ مظبوٗط مرکز کِنہٕ ژےٚ أنٛی تھن یہِ لوٗبہٕ وٕنی موٗرت صرف میانہِ
خاطرِ؟ لائبری بغاَر بنہِ ہے نا یُتھ کلنڈر کُنہِ جایہِ ۔ کِتابن ہتی سوٗز پبلشرن تہٕ
أتی روزِ ہے سٹورس منٛز واریاہن ہیٚنہِ سونٛدر چیزن ہنٛدی پاٗٹھی ۔ نتہٕ چھی ژےٚ
تتہِ کم کتھ کران ۔ لڈکن تہٕ کورٕن منٛز چھےٚ اِلگے سوٗسرِ گوٗسرِ گژھان، پرٛانی
سرن منٛز الگے تہٕ پرنسپلس نِش اِلگے ۔

ژٕ آیکھ چایے ہیتھ ۔ یِوانے وٕژھکھ ۔

" کُرِ ووٕنی سگریٹ ژھینہٕ تہٕ چیٚو چایے ۔ توہہ نَے ہٲکھی ہٲکھی کرنس
کانٛہہ آسِہ تہٕ توہی دِیو ربتہٕ وادَن فاقہٕ ۔"

ژےٚ تھوٗتھ ژٕرے پتھر ۔ نمنہٕ وِزِ پییہِ مےٚ چانٛس ڈیٚلس بُلاوز نالس
منٛز ڈیٚلس سپنٛس کُن نظر ۔ ژےٚ زوٗنتھ یہِ ظھرا ۔ ژٕ چھکھ نہٕ تھوٗد ووتھانے تہٕ
یتھے کُنی روٗزِتھ تہٕ نظرِ یون کُن کٕرِتھ چھکھ چایے بناوان ۔

"ٹٕلوِ چیٚو ووٕنی ۔ یوتانی یَخ گژھِو ۔ توہی کیا چھوِ مےٚ یتھٕ کُنی
وُچھان؟" ژِ وٕژھکھ بُتھ ژُکرا وِتھ ۔

مےٚ ہیٚژ ترٛٲژ پکورِ کھینہِ ۔ مزٕ ے لوٚگم ۔ ژٕ آیکھ واپس چوکہِ منٛز ۔ یپٔتس
کالس اوس مےٚ پکورِ پلیٹ موکلوومُت ۔ چایہِ کپ اتھس کیتھ ہیتھ ترٛووُتھ
ژےٚ اُسن ۔

"ژھنیٚ وٕ سارنے زٕ کھیتھ؟ مےٚ کرِتھوٗ نا کھنیٚ؟"

بۂ چھُس پانٔس بُتھس رٕ پھان رٕوان۔ یہِ وۄن رٕو علاوٕ کیا سنا چھے ژٕ بُتھِس منٛز؟ گیشاٗمِس رٔنگس تہٕ زانٔہہ ژٕ پرٛژھمُت؟ مَس ژٕ زانٔہہ چیرٕ پۄ رمُت یُس ژٕ شوٗبہِ ہی۔ مس لنٛگ چھی تہٕ آسان بُتھِس واہرٲوِتھ مگر کنن پتھ کُن تھٔوی تھٔوی چھِہکھ گیوٗ رتُلان۔

ژٕ چیٚتُھ چاے ژٕھرٕ ے۔ رژھِ کھٔنڈی پھۄرتھ ژیٚے ژھوپہ۔

"بۂ نمونو ہومرٕ پگاہ واپس کالیج۔ یہِ متھِ آف سِسِپھس 'Myth of Sysphus' تہٕ۔ توہہِ چھُو نہٕ پرٕنۍ کینٛہہ۔"

ژٕ چھےَ خبر بۂ چھُس یمہٕ دوشہٕ وَے اَز کل پران۔ دوشوٕنۍ منٛزٕ چھُس بۂ کیا تانۍ ہشر ژھانڈان۔

"پیرٕ جلدی کیا چھَ کانتا؟ رِنہٕ لائبر یرین وۄنہ نےٚ؟ آخر ژٕ ہیکِکھ نا پننہٕ ناوٕ کِتابہٕ زیادٕ کالس تھٔوِتھ؟"

ژٕ چھکھ صرف سوالہٕ کس گوڈٕ نکس حِصس جواب دِوان۔

"جلدی! ترٛژٕ ربتھ گرٛھن توہہِ کِتابن جنابو۔ پرٕنۍ نےٚ چھۄ تہٕ واپس کونہٕ گریوٗن؟"

سوالُک دوٚیم حِصہٕ چھُ چانہِ نوکری ستۍ واٹھ تھوان۔ لایبری منٛزٕ چانٔس ملازمتس ستۍ وٲبستہٕ۔ جان کوٚرُتھ کتھ ڈٲجتھ۔ بۂ گرے نہٕ کہٕنۍ کہٕنۍ یا جواب پرٛاٹہٕ نچرٕ ووٚڈھ ژھانٹ۔ یٚیمہِ دوہہ ژٕ آڈیسی 'ODYSSEY' میانہِ خاطرٕ اَنے یَتھ تہٕ وتہِ پکان وینوٗنےَ کوٚل صأبن۔ "ماڈرن نِشہِ گوسہٕ تسلاہ ووٚنۍ لوٚگ کلاسِک پرنہِ۔ نشہِ پھُٹہٕ؟ آ آ گریوٗن سِوی تہٕ پرناوِیوٗن

کلاسِک ۔"

ژٕے وۄنُتھ نہٕ مگر مےٚ چھِ خبر زِ تمہِ وِزِ آسہِ لایبری ہنٛد بوکلرکو تہٕ وتہٕ پکہ ونبو لڑکو وُٹھوتلٕی اۄسہٕ مُت تہٕ پرٛافسر کول آسہِ اَسان اَسان سایکلس کھۄتمُت ۔

ژٕے ما بنبم وُنُن کانتاہٕ نہٕ ہکن زانہہ "آڈیسی" موکلاوِتھ تہٕ نہٕ واتہٕ "سِسہٕ پھسہٕ" ہندی پاٹھی زانہہ گُنہِ منزِلس ۔ یولی سِس سنٛز بے منزل یاترا ۔ تَس اوس ایڈونچر مےٚ چھُنہٕ سُہ تہٕ .....

اَز کیا زِ گیوہے بہٕ لایبری منٛز؟ خبر کیاہ اَسم پروفیسر کول تہٕ ڈار آسن بڑونٛھے تتہِ بہتھ ۔ شاید ما آسہٕ ہَن میٚۓ پرٛاران ۔ بہٕ گۄڈ ہاَنہٕ کانتایہِ نِش مگر کِتابہٕ آسہِ اِشوٗ ئمٕ ہے کرنہِ ۔ جُماہچہٕ ترٕے بجے ۔ کھٕنی اوس نہٕ اَتہِ ۔ خبر کانتایہِ کیاہ گوسولُجٕی مےٚ گُنے وُچھنہٕ ۔ کتابہٕ تھوٚمَس بڑونٛھ کنہِ کاونٹرس پیٹھ ۔ تَس آیہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ اَش گنڈ ۔ پتہٕ وُژھ تھوٚد تہٕ کوٚرنم قمیضہِ ہُند کالر ٹھیک ۔ ٹاے اَسم کالرچہِ اکہِ پکھہِ پیٹھی گنڈہش ۔ اَتی زَن تہٕ گوپھہِ منٛز لبہٕ وُسِتھ آیہِ تیتھے شور گو ۔ بہٕ گوس ہَے بنگہ ہیوٗ رۄزِتھ ۔ کانتا وبہ رے یہِ پۄژھ زِ تسنٛزِ اۄنگجہِ گیہِ میأنس کالرس پیٹھے رٕہتھ ۔ سو رۄز تیٚتھے کٕنی بڑوٗنہہ کُن نمِتھ ۔ لایبریرین تہٕ اکھ بیرر (bearer) آو اۄتہٕ تھے ۔ پروفیسر کول تہٕ ڈار اَسی مندل وایان تہٕ الے واہ واہ تہٕ جان گو ونان تہٕ اَسان ۔ رٕژی کھٕنڈی گوہُند اَسن ٥٥ وہکی پاٹھی وُڑِتھ تہٕ دند ٹُوتھ وۄتھ کول صأب ۔

"یہِ کوسہٕ سأ جاے چھِ عاشق ماشوقی خاطرِ ۔ توہہِ کیاہ زوٗنمت یہِ چھا

"بس توٚہۍ مہ کرِو زبو M ے گنٛڈ کول صأب۔ یہِ لفظے مہ ہیٚو زیوٚ پٮ۪ٹھ۔ یِمن چھِ رب تہٕ سب کُنی۔ کالیجُک ماحول گوٚ یِہنٛدی کِنۍ آلوٗدٕ۔ کِنہٕ نہ؟"

رِنٛد ہی گیہِ یِم دونوے نیرِتھ تہِ گیہِ سیوٚدُے پرٛنسپلس نِش۔ بیٚیہِ کوٚت گژھہ ہنَ! یُتھ موقہٕ کتہِ پییہِ ہیکھ؟ مگر کانتایہِ ہٕنٛدس ردِعملس مُتلق چھُس نہٕ وُنہِ تہِ ہیکان فأصلہٕ کرِتھ۔ سو گابرے یہِ نہٕ، تھانٛتھرے یہِ نہٕ بلکہٕ معصوٗم لِجس منٛز وٕژھ:-

" گو کیا سأ؟ أخر توٚہۍ وٕنوِ لأیبرٛیرِین صأب؟ کوٚر کیاہ مےٚ؟ یِمن آسہِ ہےَ صُبحن جلدی منٛز ٹاے غلط گنٛڈنہٕ آمٕژ تہِ سو زَن شیٖرم تہٕ یہِ چھا گوناہ۔ لڑکوَے وُچھۍمتۍ أسہأن تِمو آسہٕ ہأن یِم پھوتہِ تلٕیمتۍ؟ لڑکن ہٕنٛدِ ستۍ گژھِ ہےَ ناماحول خراب؟ بیٚیتہِ کُس وو پراوس وُنۍ کِس؟"

مےٚ اوس نہٕ لڑکن بروٚنٛہہ کنہِ گژھہ نک ضرورتھے پیوٚمُت یہِ ووٚن نہٕ مےٚ تِمہِ وِزِ کانتایہِ۔ مگر مےٚ باسیوٚ پنُن پان سیٚٹھاہ قصوٗروار۔ کلہ بون کُن تھٲوِتھ دژاس نبرَ۔ دفتر گژھان نِنیوم زِ پرٛنسپلس چھِ ڈسپلن کمیٹی بُلأومٕژ۔ یہِ تہِ ووٚنہٕ نم کول صأبن۔ پھیکِس پٮ۪ٹھ تھٲونم نٲرٕ تہٕ نیوٗنس لوٚب کُن۔

" وُچھ سأ ژٕ چھُکھ وُنہِ لوٗکُٹ۔ مگر کالیج ٲروِس چھِ سنجیدگی ہٕنٛز ذِمہٕ وأری ہٕنٛز ٲروِس۔ یہِ طفلگی پزی ژٕے ووٚنۍ ترٛاوٕنۍ۔ ژٕے سَس پیٚنٛڈ چھُکھ۔ ژٕے وُنہِ زنگہٕ الانٕے چھےَ تہٕ ژٕے پزیٚا صاجبس شکایتُک موقہٕ دیُن۔ مےٚ کر مےَ ژٕے ستۍ بڈٕ ہٹہِ کتھ صرف اَمہِ کِنۍ زِ بٹہٕ کوٚٹ چھُکھ۔ دَپان چھُس وتہِ

گوڑھکھ لگن۔ یہِ کانتا کونہٕ چھِ نیتھر کران؟ کانٛہہ کوٗر انہٕر شےٚ وُچھتھ چھُ مےٚ بڈٕ مۆحسوٗس گژھان..... وُچھ ساٰ اگر پرنسپلن ژٕ ڈسپلنری ایکشن ہیٚژ ے تہٕ تاٗجب چھُنہٕ۔ مےٚ چھِ تمن شہادت دِنی۔ گوکہِ یہٕ دِمہٕ تژھ گول مول شہادت زِ benefit of doubt میلی ژٕیےٚ۔ دَپان چھُس اٗمس کورِ مۆہنوِ سےٚ نوکری منٛزٕ کڈن تہٕ کرِ کیاہ۔ پتہٕ کُس چھُس وُچھن وول؟ کٔمِس چھِ چیٚڑ؟ موٚنڈ ماٗج ہیتھ کوٚت گژھِ؟"

خبر میاٗنِس منَس منٛزٕ آو نہٕ یُتھ دَیا باوزٕہے کانتایہِ ہندِ خاطرٕ۔ بہٕ چھُس نہٕ زانٛہہ ییتھِ کنۍ سونٛچان۔ مےٚ ہیٚژن کول صاٗبنِ ژٕ پھکِس پیٹھ گوٚنی۔ "مےٚ کُن کیا ساٰ چھکھ ییتھِ کنۍ وُچھان؟ چھےٚ نا بیٚہان؟ یہِ چھِ میانہِ کمیونٹی ہنٛز پرابلم۔ بیٚہیہِ؟۔ بہٕ چھُس اَتھ منٛزٕ تہِ خوش زِ ژٕ ے اوسکھ کانٛہہ مُسلمان کوٚٹ اوسنہٕ۔"

بہٕ چھُس تسُند بُتھ وبژھ ناونچ کوٗشِش کران۔

"چھےٚ نا بیٚہان؟ مےٚ چھِ کانتا بچاوٕنی۔ گاوہشی چھِ بچاٗر۔ یورٕ کرتس ؤہ کتھِ اورٕ چھےٚ کلہٕ بون کُن ژٕھنان۔ مےٚ تہِ چھےٚ یژھےٚ کورِ خوش کران۔ بہِ ہیکہ اَسُند بچاو کرِتھ ڈسپلن کمیٹی منٛزٕ۔ ییتھِ کنۍ کیس بناوُن تو گُم تیٚتھے کنۍ تگم لُہراوُن تہِ۔ ایل۔ایل۔بی چھُم کوٚرمُت انگریزی فاینسلس سےٚتی۔ خبر چھیہِ بیٚہان۔ بیٚہ چھِ قودرتی انگریزی پروفیسرس وایڈ نالیج آسان۔ تمیک اندازٕ ہیککھ نہٕ ژٕ کرِتھ۔"

مےٚ دُیت کُنٛے یل تہٕ پھکی کرِم آزاد..... اورٕ وُچھم ڈار صاٗب

یوان۔ بہٕ ہیوتہٕ تَس دفترٕ گُن پھیرُن۔ اَکھ دیتہٕ مٕ اَلو بیٚیہٕ دِژنم کوٹھس تِھچھ۔

"ہیا ژل ما! کتھ بوزوٗ۔ تژاو یہٕ ڈسپلن وِسلپن۔ ژٕے کیاہ گوٗمت رنگ زن پھیرِتھ؟ کوٚرُتھ ییٚلہٕ عٔشق۔ عٔشق کرُن گو نار ژاپُن، خونِ جِگر چوٚن۔ عٔشق کرُن تہٕ شار لیکھٕنی۔ عٔشق چھُم کوٚرمُت۔ تژبن تژبن گنٹن اوسُس ظاٗلم ماشوقس کوچس منٛز پژاران دآر کر مژراوِ۔ کم عاٗش چھِم کرِیٕتی لوٗکہٕ خاندرن پتھ..... مگر یہٕ وَنے ژٕ کرکھ نہٕ کینٛہہ۔ مرانے چھے ژٕے پتھ تہٕ ژٕ کتھ چھُہس مہاتما بُدھ لاگتھ۔ چھُہس نَے پوشان تہٕ تژاوُن یورٕ گُن۔ نا تہٕ یار کیاہ لوِ تہٕ ژرِ بچہٕ کیاہ لوِ۔ تلا کرٕ ناو اَسہٕ تہٕ ساٗلاہ۔ ڈِسپلن کمیٹی منٛز گیہٕ پتہٕ میاٗنی کاٗم۔

مےٚ دوٚپ..... مےٚ کیاہ نہٕ دوٚپ مگر سُہ دژاو تمہٕ برٛونٹھے کُنے مے یِل دِتھ۔ کُنے اَسن کھنگالہٕ تژاوِتھ تہٕ وُٹھن زبٕ پھِرِوان۔ بہٕ پھیوٗرُس اَتہٕ پتھ سٹاف روٗمس کُن۔ پژوفیسر اَسی بخارِ اَندی اَندی موٗنڈج لاگتھ بہتھ۔ زبردست شور اوس۔ سینیئر آسنہٕ موکھہٕ اوس رینٛہ صاٗب کژکہٕ دِوان۔ "ہے لوتہٕ گرِی تو کتھہٕ لڑکہٕ چھِ نیٛبر کنہٕ۔" چپرأسس اوس اَکھ اَکھ بُتھ کران لڈکہٕ کیاز چھِی سٹاف روٗمس منٛز اَژان۔ پیٚر صاٗب اوسُس دَپان:۔

" اَسی کرَونہٕ ژھوپہٕ رینا صاٗب! یہٕ چھُ اَکھ اہم مسٔلہٕ۔ أسی کمِکی انٹلکچوٗل چھِ پتھ۔ أسی نَے اَتھ پتھ بحث کروتہٕ اِڈگس کرِ؟ خودا صاٗب چھِ فرماوان....."

تہٕ اَتی پیٚیہٕ تمِس تہٕ باقے پژوفیسرن مےٚ کُن نظر۔ بہٕ اوسُس

وودنی۔ یکدم گیہِ ژھوپہ۔ مےٚ اُس نہٕ بیہنٚس جایی۔ صرف اوس بٹھ صأبس نِش صوفک اکھ کوٗن یلہٕ۔ یہ گوس توٗری گُن۔ بٹھ صأب گو یکدم تھوٚد ؤتِھتھ تہٕ دژاو۔ مےٚ پرُژھ شاہ صأبس زِ مسلہٕ کیاہ چھُ۔ تمیٚ دیُت تہٕ اکہِ حسابہٕ میٚے جواب مگر ؤچھان رؤد پیر صأبس کُن۔ "یور ہسأ....." پیر صأبن گرنس معنے بُرژ اسنہٕ ہنا۔ سُہ ووٚتھ رینا صأبس کُن بیہہٕ۔ "لگہِ نَس وودنی دم رینا صأب۔ وونی گو یگاہ۔ گوشتابس گژھہ دہِ آسُن..... سأری ؤے تژ وواسُن۔ مگر شاہ صأبن دِژس بیہہٕ زیر۔

" یم کیاہ زانن گوشتابہٕ۔ ئلی اَسی ژھوٚرُے بخشاہ کران۔ ڈیپۍکھ دم اُلوس لگِن دم۔"

رینا صأب ووٚتھ بڑٕ سنجیدگی سان۔

"بس یہِ بحث گو وونی ییتہِ تھے ژٹُن۔ اَتھ چھ کینٛہہ وجوہات۔ ووتھو نیرُن چھُونا۔ یکوِ آفتاب صأب۔ خورشید صأب، بان صأب، جان صأب یکو اپأری کرو صاحبس سلاماہ تہٕ نیرَو۔ بییہِ ونوٕ اَزِچ نیوٗز؟"۔ ؤچھان ؤچھان گو سٹاف روٗم خألی۔ یہ رؤدُس کُنہے زوٚن۔

خبر یمن آسہِ یاد ییوٚمُت زِ ییتھِ ہے اَکس بخشس منٛز کرے یہِ تمہِ دوہہ مےٚ تہِ شرکت تہٕ سُے گوم بہانہٕ یوتانی سس پینڈ گوس۔ ستھ رٕبتھ وأتم اَنہِ گوٚٹ پیران۔ اَز چھُنہٕ یمن کانٛہہ راہ۔

"ؤتھوِ تھوٚد۔ ژھرِ پنجہِ پٹھ کیازِ چھوِ شوٗنگتھ۔ یہ چھس دپان سنان تہِ چھُوِ ناتو ہہ؟"

یہ چھِ کانتا تہٕ بیٚیہٕ لُس آسہِ۔ اَز آیہِ آتھوارِ دوہہ۔ یہِ گژھہ اَز گرِ آسنۍ۔ اَمہِ نیوٚنس بہٕ یہِ ڈٲپِزِ تہٕ کوم کٔرتھ ژلتھ۔ پتہٕ چھِ دارِ کنۍ ڈِنان۔ اَپارِ توٗرن گٔبہٕ تہٕ ترٛ ووٗن اَتھ پیٹھ۔

"ہہِ ووٗنۍ۔ اَخر تاپھ ژیٚن تہٕ گو پوٚزٕے۔ مگر ییٚتۍ کیاہ اَچھن کوٚٹھی تِنۍ؟"

بہٕ ہیکہٕ نہٕ کہیں پژ وٹسٹ کٔرتھ۔ کانتا وُچھتھ چھےٚ مےٚ پژتھ کانہہ دلیل پٔتۍ گژھان۔ بہٕ چھُس صرف یوٗتے ونان۔

"از چھِ آتھوار کانتا جی!" تہٕ سو چھِ جُملہٕ ییتہٕ کنۍ پوٗرٕ کران۔

"تہٕ اِسلیے گژھن توہہِ کافی تہٕ اولۍ ٹکی بنأوِتھ آسنۍ۔ تی نا؟ مگر جناب توہہِ اَز پننۍ شکل اَنس منٛز وُچھمٕژ؟ انٹلکچول نظرٕ گیہ پتہٕ گوڈٕ وُچھی توٚسُ نژک چھُوٚ ییتھ سأری ہے اوٚن مُت۔"

پرٛس اَکہِ دوہہ ونیوٚ مےٚ اَمِس کافی ہُند۔ سُے چھُس یاد۔

وُچھان وُچھان لٔج کانتا مل کِتۍ پلو سوٚمبراونہِ۔ اَمہِ مُژر دوٚتی۔ صرف جمپرس تہٕ بُلاوزس منٛز لٔجی اَتی ہیتھ پلو چھٔلنہِ۔ صابن اَسن اورے اَنِمٕژ ستۍ۔

"ژُندرروارِ دوہہ کیاہ اَسہِ صاحبس ستۍ واریاہس کالس کیاہ تانۍ مسلہٕ ژیتان۔ باسان چھُم شاید چھُن زونمُت۔ شاید چھُ وتہٕ آمُت۔"

کانتا چھِ ونان مگر مےٚ چھِ خبر کیاہ چھُن زون مُت۔ کیاہ سنا گوٚژھ تمِس فکرِ ترٛن زِ بہٕ کوٚرنس سس پینڈ تہٕ جان کوٚرُن نہٕ ..... مگر کانتا یہِ کتھ

پٹھ وۆن یہ۔ اۆترٕ ژٕندر وارِ ہنٛز کتھ کیاز سنا اُنِن بتھِ۔ تمہِ جماہہ پتہٕ آیہ یہِ
اُزی۔ ڈِسپلن کمیٹی ہنٛز چِٹھی ہے اُمس تہٕ سۆزمٕژ چھکھ۔

" کیاہ اوسو صاحب ونان؟"

یہِ چھا تیلہِ پٕری زانُن یژھان۔ اُمسے خبر چھِ مےٚ کیُتھ رِشتہٕ چھُ
صاحبس ستۍ تیلہِ کیاز چھِ یہِ تچھان؟

" توہہ کیاہ مأنی ہیٚژ دوسہٕ ہے؟" ووٚنی پیٚیم کانتا یہِ وُنن۔ پرنسپل آو
لانہٕ منٛزی۔ یہ اوسُس کلِس اُکس تل ہیتھ۔ نےٚ سنگ پأٹھی پرٛژھنم زِ یم
نٔوی تہٕ لوکٕٹ پھرٕس گُلو ونڈٕس شیٖشہٕ ستۍ پھٔٹۍ، تِمن ہندِ خأطرٕ کیاہ پزِ اسہِ
کرُن..... یم نٔوی لاگوکھ؟

کانتایہِ ترٛووُ اُسُن ۔" کیاہ ووٚنہٕ وس؟"

" یہِ ووٚنہٕ مَس تہِ مگر یہ چھس مانان زِ تم پھٕٹِن ضرٗور۔ ووٚن گو بُڈ
ویٚرن یا پھرٕستن چھےٚ لنجہِ دۆگنہِ گژھان شیٖشہٕ بارٕ ستۍ مگر پھٕٹان نہٕ ..... ژٕےٚ
کتھ پٹھ دوٚتھے یہِ دِلس زِ مأنی ہیٚژ مَس ۔ یہ کتھ سنا ہمہ اُمس مأنی؟ کمہِ
خأطرٕ۔ ستھ ربتھ گیٚم سس پینڈ۔ اکہِ پھرِ تہٕ گوسہٕ زِ سس پینڈ کتھ پٹھ
کوٚرنس؟ کُس راہ اوسُم؟ یا زِ سینیرن ستۍ کوٚرُم اکھ خألص اکیڈیمک بحث؟
ایسٹیبلشمنٹ establishment تہٕ تتھ پٹھ لوکٹِن ہُند ناکام تہٕ لیٚوژ شرارت،
پیٚربن منٛز باگنگ وسیع خلیج۔ یہِ چھُ ناکھ وقتی تہٕ اہم مسلہٕ۔ رینا صأبس باسیو
یہِ لونڈٕ چھُ مےٚ دِگو کڈِتھ نِوان۔ پیٚر صأبن دیتم حکُم گُفر تہٕ کول صأبن تہٕ ڈار
صأبن وأے ہٕنٛز ہٕنٛز پأٹھی تمبٕکھ نأر۔ مےٚ متلق تہٕ پتہٕ ژٕےٚ متلِق آیہِ کم کم قِصہٕ

سہی کرنہٕ۔ مےٚ دیُت پرٛتھ کأنٛسہٕ پرٛتھک تہٕ ژرٛے اوے شاہن زاگنہٕ۔ کانتا! سائنس سٹافس منٛز چھہٕ گوشتابہٕ، دم اولوٗ، قبرومنٛز پنہٕ واجنہٕ کرٛکہٕ کالیج کوربن تہٕ ماشٹر باین ہنٛدی قصہٕ زیادٕ اہم تہٕ بحث طلب ماملہٕ ماننہٕ یوان۔

بہٕ چھُس تہٕ یہ ونان مگر کانتایہٕ چھُ وارٕ وارٕ اُسن سأری ہے بُتھس پھٕہلان تہٕ پھوٚلہٕ راوان۔ زبن چھس کھونہٕ وٹن تانٛی صابن لار۔ تموے ستی ودھرُن بُتھ تہٕ مےٚ گُن چھہٕ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔ پلون موٗٹھ دِنہٕ خاطرٕ لٹہٕ لٹہٕ بوٗن نمنہٕ ستی چھُس ڈیلہٕ لٹھرٕ منٛزٕ مَس یلہٕ گوٗمت تہٕ سُہ چھُس یوان تہٕ یوان بُتھِس واہراونہٕ۔ خبر کرٛ چھُس نیلہٕ اتھٕ بُتھِس لوٚگہٕ مُت۔ اوٚنگجہٕ ہُند نیوٗل عکس چھُس کھوورِ اُچھ ہنٛدِس تلہِ مِس ٹأرِس تل آرٕ ور ژِھنٛکی پأٹھی پیوٗمُت۔ اُچھن ہنٛدی مُنہٕ پھٕلی چھِس نچہٕ ژرٛل کورِ ہنٛدی پأٹھی شرارتہٕ سان نژان۔ اَمہٕ دُنیا مےٚ مأنی ہنٛز کتھ صرف زِیرٕ دِنہٕ خاطرٕ؟ نہ نہ بہٕ ہیکہٕ زأنتھ زِ اَندی پکھی کیاہ آسن مےٚ مُتلِق ونان۔ کالیج لڑکن منٛز کم قصہٕ چھہٕ میأنی دہرِ بأج پھألاوان۔ کانتایہٕ بڑونہہ کنہٕ کتھ کرنٕس گُس ٹھاک چھُکھ! تی ما أسم یژھان وٕنن۔ سوے ژینہٕ ون ما دژنم؟

مگر کانتایہٕ ونا بہٕ یہ؟ اُمس ونہٕ نٕچ ضرورت تہٕ چھنہٕ۔ اُمس چھہٕ میأنی سأرِے خبر۔ یہ چھہٕ انٹریأمی۔

" بگوان چھُ نا انتریأمی؟ سُہ چھُ نا دِچھ پرٛتھ کتھ زانان؟ بگوان چھُ پرٛتھ رنگہٕ اتھٕ روٚٹ کران۔ سُہ چھُ ہنٛد ریمتِس تہٕ پرژھینٛس منٛس ستھ۔ ئج سیہ رتہٕ چھپہ میانہٕ بگوانہٕ! مےٚ چھنا تہنٛز خبر۔ توٚہی چھوون نہٕ بگوان مانان۔ از

کتھ پیٹھ چھووم یہ پڑژھان؟"

کانتا چھِ پُنُن سفید لٹھ پیٹی کوٹ کوٹھبن منز چیر تھوان تہٕ کھورن دون پیٹھ ہٕتھ پلون صاف پاں گڑاے کڈان۔ ہیتھ کنٔ ہٕتھ چھِ کانتا ہأرِ ہش باسان۔ ہارِ چھُنا سفید تہٕ پژٕون سینہٕ آسان ییتھ سو ان کتھ تونتہٕ ستی دِگ دِوان چھِ۔ پُران کتھن منز چھِ ہأر کتھ وبس۔ میأنی دأدی کتھ بوزنچ کس چھِ بییہٕ ذِمہ وأری؟

"وُچھان کیاہ چھُووم؟ جواب دِیو۔ اَز کتھ پیٹھ پیوٕ بگوان یاد؟"

کانتا ژٕ کیازِ چھکھ مےٚ امتحان ہوان۔ ژٕ چھکھ کلنڈرس پڑنام کران۔ مےٚ تہِ چھکھ نا وُچھان اتھ کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان؟ کِنہٕ ژٕے چھکھ تمہِ وِزِ میأنِس منس منز آسان! اپُز کیاہ ووٚنُم ژٕ چھکھ انتریأمی۔

"اوٚترا اوس کالیجہِ بحث چلان کانتا! پیر صأب، شاہ صأب، کول صأب تہٕ ڈار صأب اَسی خوداہہِ ہندِس وجوٗدس پیٹھ بحث کران۔"

"توٚہی آسہِ ووکھ منز ژامتی۔ تی سأ؟ اَخر وُنہِ کتہِ آسہِ توٚہہ ہٕمن روٗ دمُت؟"

"مےٚ وُچھتھے ڈأج تمو یکدم کتھ تہٕ ہیتِھن نیرنی۔ مےٚ اوسُم نہٕ اَتھ توٚ و ذُین۔ ستھ ربتھ گیہِ مےٚ ییٚے وِہی وُچھان۔ بہٕ زَن چھُس گوھان کأنسہِ نِش تہٕ سہٕ چھُ ہوان لوٚب۔ اَخر مےٚ کُسے راہ چھُ کانتا؟ ژٕون تہٕ مےٚ کُس راہ چھُ؟

"راہ کیا گوٚژھ آسُن۔ توٚہی گری ہوٕ شکایتس پیٹھ سس پینڈ تہٕ بہٕ

چھہس سس پہنڈ کرنے شکس منز آو رہش۔"

ژ ؤژھکھ تھوٚ د۔ بُلاوز اوسٕے سوہرے برنہٕ آمُت۔ سُہ پیٚھکھ بُتھ پھِرتھ بدلاونہِ۔ یتھِ ماچھُ مےٚ چون کلنڈر خوش کران کأنتی! فرق چھِ ییژِ یٲژ زِتمِس بگوتی ہُند بسٹ bust چھُ بےٚ زؤ تہٕ بناوٹی تہٕ ژ چھکھ زِندٕ۔

کانتا آیہِ شال وٕلتھ تہٕ بیٹھ مےٚ نکھ۔ ترٕسٕتی آسہِ ہے ہانے ہش۔ بہٕ چھُس پٔنزِ کانگرِ دِوان۔ سو چھِ مےٚ ستیٚ ژیٖلتھ بیہان۔

"بوٗ زتھے کانتا؟ پتہٕ کیاہ ذٔلیل گیہِ؟ بہٕ چھُس رژھِ کھٔنڈِ أتی۔ وودنی۔ یہوے چھِتہٕ ہیٚو گومُت۔ خبرڈار صأبس ما آو آرمےٚ پیٹھ۔ میأنس آرِ ہُنس بُتھِس پیٹھ۔ مےٚ کیُتھ سنا بُتھ آسہِ ہے تمہِ وِزِ؟ سُہ ٹھُہر بوتہٕ ووٚتھ مےٚ کُن۔

"توہہ گوٚ تِتھے ہیٚو؟ یم سأری درٛایہِ توہہِ وُچھتھے؟"

یہِ اوس مےٚ چیاژ برابر۔ اگر باتھِ پژافی سرژٔلی تہٕ جانہِ گیوو۔ مگر یہ ڈارصأب رؤد أتی تھے۔ مےٚ کِلہِ کِلہِ کرنہِ۔

"أسی جناب أسی بحث کران۔ خودالیس تہٕ کُفرس پیٹھ۔ میأنین یمن دوستن چھنہٕ خبر مگر مےٚ چھِ خبر توہی چھوِ نہٕ کأفرِ۔ کأفرِ گو سُہ یُس نہٕ خودالیس پیٹھ یژھ پژھ تھاوِ۔ توہی چھوِ نہٕ کأفرِ۔ توہی زن چھوٚسس پہنڈ توتہِ۔ خبر خودالیس کیاہ چھُ أتھی منز کرُن۔ وِنی گواکھ مأنی تون یا کروڈ بدبن منز مأنی تون۔"

اما ڈارصأبس گوسہٕ سنا ہمدردی گیہِ مےٚ ستیٚ تہٕ یہِ کوٚ چھُ مےٚ از بحثس منز آوراوان۔ مےٚ پییہِ امی وِزِ الغأبہٕ نظر۔ پرنسپل اوس امی وِزِ دون

ترٛبن لڈکن ہتہٕ کتھ کران۔ یہوے وجہ آسہِ ہے باقیٚن پروفیسرن مےٚ نِشہِ الگ گژھنُک تہٕ ڈار صأب مےٚ نِش روزنُک۔ مےٚ ذیُت اُمِس فورن جواب۔

" تو ہہ چھوٕ غلط فہمی ڈار صأب! مےٚ ہہکہ ہَن شاید کروڈ بدی خودائے اُستھ مگر مےٚ چھُ نہٕ اکھ تہِ۔"

" نہ سأ خودائے متہٕ اُسہٕ تَن۔ بگوانٕے تہٕ۔"

" نہ ھَض کہنٕ نہٕ۔ کہیں نہٕ۔"

بہٕ چھُس ذٕچھنہٕ نیوٹھکی مِشلی دِندو ہتہٕ ژٹان۔ ییٚلہِ مےٚ منَس کھولُو لگان چھُ بہٕ چھُس بےٚ وایہِ مِشلی ژٹان۔ وُنی کِس وۆتھ مِشلِس ہتہٕ مُسلہٕ پٹُل تہٕ نیوٹھ گوم رتہٕ دأوی۔ کانتا یہِ وۆن نہٕ مےٚ کہیں۔ صرف روٗٹُن میون ذٕچھن اتھٕ پنہٕ نبن گرم اتھن منٛز۔ دوتہِ ژٕہن ترٕ تہٕ سوے گنڈنم۔ پتہٕ تھوٗن میون اَتھٕ پننہِ کانگرِ پیٹھ۔

کانتا چھِ ذٕچھنہِ اَتھٕ ہتہٕ مےٚ مستس پھش پھش دِوان۔ بہٕ چھُس نہٕ تَس کُن وُچھان۔

" ڈار صأبس کیابی گو بُتھ نیٖول۔ اُچھو کنٕ لۆگ نار چھکنہِ۔ نیران نیران وۆتھُم۔ زَن نا کتھ ڈالان اوس۔

" کیا سأ سکٹر یٹہٕ کرٕناو یوٗتھٕ مولوٗم زِ تنخاہ کرنیری۔" کانتا! تمِس کیاہ دُنیاہَس چھِ خبر زِ باضأبطِہ سِس پینڈ آرڈر تہِ چھُ دُنہِ نیرنے تہٕ تنخاہک چھنہٕ سوالے ووتھان۔ آرڈر نیرتھ مِلم نِصف تنخاہ۔

کانتا چھِ کھوٚد دوتھان تہٕ سٹوو زالان۔ تمہِ چھِ ٹماٹر گازرِ ادرَک بیٚیہِ تہِ خبر کیاہ اوٚنہٕ مُت ہینڈ بیگہٕ منٛز چھِ اُٹی ٹھیلہٕ کڈان۔ ووٚنی کرِ ژوٚٹ شاید۔ اَز چھُنہٕ مےٚ توٚمُل تہِ کہیں۔

"تلہٕ سأ بیٚیہٕ کینٛہہ کتھاہ کر۔ اَکھ کتھ تہٕ کالیج بیا کھ کتھ تہٕ کالیج..... پرے وِ آڈیسی؟"

مےٚ کیا سنا چھُ بیٚیہٕ وُنی کیٚت کانتا؟ ژٕ ے نَے ونَے تہٕ بوس کتہِ ژھانٛژھ ناوِ؟ ونیہ تازٕ ایکسپلینیشنہٕ ہنٛز کتھ؟ ژٕ ے تجے یتھ کِتابن ہنٛز کتھ تتھ چھنا کالیجس ہتی واتھ؟ مے لایبری تہٕ تتہِ چہٕ کِتابہٕ ووٚنی تراوِمٕژ چھِ۔ اوِکنی زِ ژٕ چھکھ تتہِ۔ یوسہٕ میانین نظرن راحت چھکھ۔

"کانتا! مےٚ کڈ ناو اکاوٹنٹن ایکسپلینیشن۔ بٹہٕ وارِ دوہہ گیوم ژیر پہان۔ ووٚنی لاگہٕ نم تمہِ دوہہ ابسنبٹ۔"

"اکاوٹنٹن؟ تہِ کیازِ؟"

"سُہ چھُ میون بواس boss کانتا! بہٕ چھُس ووٚنی دفترس منٛز تھوٚومُت۔ فیس حِساب کرنس پیٹھ۔ ژٕ ے ووٚنہٕ مےٚ نہٕ یہِ کانتا! قصور چھُ میٚیے۔ اُتھ دُہ دوہہ گیم۔ کلاس چھِہم نیمتی۔"

ٹکھ دِژمٕژ بونہٕ ہندی پاٗٹھی آیہٕ کانتا زن لاینہٕ۔ اُمس گوٚ ژھ شرارتھ کھسُن۔ مگر یہ چھم ونان۔

"میٚیے چھِ کوٚھی پھٹٕ ہتی۔ گُرسی پیٹھ چھُس نہٕ حرکت تہِ کران۔ دوٚہی دوٚہس چھِم صرف کِتابن ہنٛدی ناوِ ے یاٗتی اکھ اَکِس پتہٕ بروٚنٛٹھ کُن یِوان۔

آسانے چھُم کانہہ حبس سُہ تہِ چھُم تمہِ وِزِ راوان یِیلہِ کِتابن ہنٛد بن پئی مبن ورقن پیٹھ یالون(loan) کاڈن پیٹھ وُچھان چھس کیاہ کیاہ چھُ لڑکو آسان میانہِ ناوِ لیکھِتھ تھوٚومُت۔ ووتھِ ہاُ تھوٚد تہِ لبہِ تہٕ مؤنی چھِم کنن تل کرٛکہٕ دِوان۔ میٚے چھُ موٗٹھن گومُت تہِ نبنم کپاُری؟"

کانتا آیہِ لِتھِ کھوکھرِ مےٚ نِش تہٕ میانہِ کومہٕ منٛز وبہٕ رے یہِ۔ اُمس چھِ گاٗمژ لیٚدر ژھٹ پھیرتھ۔ مےٚ گُن چھےٚ ششدر وُچھان۔ بہٕ چھُس اُمس اوٚش ووتھراوان۔

اُتی گیہِ یہِ تھوٚد وُتھِتھ تہِ اَسان اَسان چھم ونان۔

"بس تہٕ اُتھی پیٹھ گابرے وِ!"

بہٕ گابریوس ضرور کانتا! مےٚ چھکھ ژٕ صرف اَسہٕ ونہِ ہونٛجی وُچھمو۔ چون اوٚش چھُم واُنجہِ ہنٛزِ تاوِ پیٹھ پھوان تہٕ ژِھنٛی تاران۔ مگر یہِ ہیکے نہٕ ژےٚ وُنتھ۔ ووٗنی پَزِ مےٚ کتھ ڈالنٛی۔

"ژےٚ ما گوٚھی ژیرِ کانتا! گرِ چھےٚ ناگوٚھن؟"

کانتا چھِ ووٗنی کھُلہٕ اَسان۔

"توتہِ بوزتوہہِ لُج وِ فکرِ سُلے۔"

کانتا پیٹھ مےٚ ڈِھنٛی کھوکھُت موکھُت گرِتھ۔

"اَزچھِ شپلس ماُنزراتھ جنابو۔ اوٚے چھُس بہٕ اَز یِیتؠ۔ گرِ کھوٚس صُبحاُے۔"

اَمہِ پتھ وہژھنے چھُس نہ بہٕ بوزان گوکہ کن چھِم اُمِ سے گُن۔ سو چھ

وۄنۍ کتھ ڈالان۔

"قونونن کِتھ کٔنۍ ہبکہٕ نَو توہہٕ ڈِوٹی پیٹھ غار حاضر شأبت کرِتھ۔ بہٕ ہا وۄنۍ توہہٕ تمہٕ دوہہ کانٛہہ کِتاب اِشوٗ یا رٹرن۔"

کانتا! ژےٚ چھےٚ پتاہ قونونن ہبکہ ہَن نہٕ مےٚ سس پینڈ تہٕ کرِتھ۔ مگر کوٚرہَس۔ کلکرک ڈوٹی چھِہم تھٲوِمژ۔ ستی باجوٕ چھُم پڑتھک دیتُمت۔ مےٚ ستی چھُ نہٕ کانٛہہ کتھ تہٕ کران زِ ہا ژھ مالکھ۔ کالیجس منٛز چھُس نہٕ بہٕ ژےٚ گُن وُچھان تہٕ تہٕ ربژھ چھِہم کجہِ مژ۔ پڑتھ کانٛہہ چھُ مےٚ وُچھِتھ ژھپبھ ہوٲن۔ أچھوٗ تہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ بَتر چھُہس کوٚرمُت..... تہٕ یہِ سوٗرے چھا قونوٗنی؟ قونون کتھ سنا جانورس چھُ ناو؟ قودرتس چھا قونوٗنہٕ؟ یمہٕ سارینٛے کتھہٕ ونہٕ ہےٚ بہٕ ژےٚ تہٕ مگر ژےٚ کیاہ چھُم وُنن۔ یا گوَ ژےٚ چھےٚ نہٕ خبر! ژےٚ کیاہ وُنن! ژٕ چھکھ نا انتریأمی؟ ہُمس بگوتہٕ ہِنٛدی پأٹھی۔



# ترٛ کوٗنجل

سریندرناتھ تہٕ رٟتیٖ ہٕنٛزٕ یتھ کتھِ ونُو لو سٹوری Love Story کِنہٕ نہ یہِ فأصل کرُن چھُ مُشکل۔

تمہِ دوہہ یتُھے تم عدالتہٕ نمبر دژایہِ دوشوے آسی لوتے ہتی ہوی۔ دمباغ اسِکھ تازٕ ہوی گأمتی تہٕ اکھ أکس نکھہٕ آسی تتھے کُنٛہ پکان، ژؤرٕ نظرو اکھ أکس کُن تتھے کنٛہ وُچھان یتھٕ کُنٛہ اکھ نوٗ عاشق جوٗری مالین ماجن رأضی کرنس منٛز کامیاب گأمژٕ آسہِ تہٕ دپان آسہِ گرِ کہِ حاطہٕ تہٕ لوٗکہٕ ارساتہٕ منٛز نمبرٕ نیرتھ لبہٕ ہُو کانٛہہ خلوق کوٗناہ تہٕ اتھ کامیابی ہنٛزٕ خوشی منٛز نمہِ ہو وتھ سینٛہ نالہٕ موٗتاہ گرِتھ۔ نتہٕ چھا طلاق نامس تصدیق سپدِتھ زٕمن ہندی بأژ کونہٕ آسی تن یتھٕ کنٛہ پکان اکی قدمہٕ اکی وتہٕ تہٕ اکی رایہِ تژایہِ؟

عدالتہٕ کہِ حاطہٕ منٛز دژایہِ تہٕ سریندر ناتھ ٹھہر بو سگریٹ وألس نِش

تہٕ ہیژِن سگریٹ ڈٲبہٕ۔ وَتی نرٛاوِرٲبہٕ گُن کھڈا۔ تِمَو رٔول سگریٹ تہٕ پھیوٕر
دِٕژھَن۔ رٔتی تہٕ پھیری توری کُن تہٕ چھِ پکان۔ بازرُک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ
دژوٚگ ہوٹل آو تہٕ یمن ٹُھہر ییہٕ قدم۔ سریندرن کٔر گوڈٕنچ کتھ۔ "مےٚ چھُ
چایہِ کپک سخ طلب۔ ژٕ..... اگر...... "تِسنٛدِ جملہٕ پوٗرٕ کرنہٕ برٛونٹھے دژایہٕ
رٔتی برٛونٹھ تہٕ کھٕژ ہوٹلہٕ ہیرٕ پاوبن۔ زَن تہٕ سو تِسنٛدِ زیوِ یہٕ کتھ نیرنسے
پژاران اُس۔ یہِ چھِ وخرٕ کتھ زِ تِمس اُس پتاہ سریندر چھُ ہاوی نہٕ پژاے
اَتھ ہوٹلس گژھان۔ اَکہٕ دوہہ ونیوس تمہٕ یہٕ تہٕ گژھ ہا اور تہٕ رٕنی پھریوس
بُتھ۔ "ژٕ کوٚت گژھکھ اور۔ اور چھنہٕ شریف گرن ہنٛز زنانہٕ گژھان۔" کتھِ
لجے یوو زپچھر تہٕ سُہ دوہ دژایے یووامی بہانہٕ پٔنٛدی۔

یم ژایہِ کیبنَس (cabin) منٛز تہٕ بیٹھے آو بہٕر۔ رٔتی وون سریندرس
اَزگو آڈر میون تہٕ تِسنٛدِ کینٛہہ وننہٕ برٛونٹھے دیُتُن سبٹھاہ مولُلپن تہٕ اعلا کھنہٕ تہٕ
چینہٕ چیزن ہُنٛد آڈر۔ ہالہٕ منٛزٕ اُس گمہِ تانٛی انگریزی بٲتچ دُھن بنیڈ تہٕ گِٹارٕ
چینن سُر لٔہرن پتھ مُشکہٕ دارِ ہندی پٲٹھی یہندِس کیبنَس منٛز اژان۔

چایے وٲژ تہٕ دوشوٕے بنٲو پانَس پانَس رٕژ پانے۔ سریندر چھُ چایہِ
دام دام چِوان تہٕ رٔتی ہندِس بُتھس پتھ وتل وِنی باوہُباو ژرژان۔ رٔتی چھےٚ
بون وُچھان یا دِٕژھَن کھوٗر نظر ترٛاوان یا کیبنہٕ نبرٕی پکہٕ وِننن ژرژان۔ خبر
کتِ وِہری اُسی اَزِ یم یکجا چایے چینہٕ بیٹھِ متی..... یٔیتِس کالَس..........
پکہٕ وتہٕ.....

پتمہِ رتہٕ اُسی یم بُتھی پھری ژپل ہوٗنی ہوی گٲمتی۔ کتھ کتھِ پتھ مِلہٕ

وان۔ اَکھ اُکس شاہن زاگان۔ رٔتی اُس صُبحٕے سکوٗل نیران تہٕ دٕنی چندس نہٕ سُریندر نہٕ خاطرٕ کِہنے ہدایت دِتھ تھوان۔ سریندر کھیٚیہٕ ہے تہٕ واہ نہٕ کھیٚیہٕ ہے تہٕ واہ۔ آیے یِس ہے تھپہٕ تھوسہِ بتَس میٚنڈی زٕ میٚنڈی اَتھہِ تہٕ کھیٚیے ین۔ پتہٕ اوس ژیرِ رات کیُت واپس پھیران تہٕ لاوآرِث لاش ہیوٗ وتھرِنس پیٹھ پیوان۔ رتنی اُس آسان کلہٕ نلہٕ لیف ہیتھ بیٚیس کوٗنس منٛز کھر وکھ ماران۔ روزِ ہے تہٕ روز ہے رٔتنی اُٹھن اُٹھن دوہَن مالِنہِ یا سریندر گذٕ ارِ ہے راتھ لنڈرن ہٕندی پاٗٹھی لنڈرن یارن ستی۔ کہنی اوس نہٕ کاٗنسہِ پزٕ ژھان یا گاران۔ زن تہٕ چیٚیہِ ہُند رِشتہٕ اوسن ژھینُن ہیوٗت مُت۔ ہفتہٕ وادَن اُسی نہٕ پتہٕ یِم سمکھانٕے تہٕ صرف اوس دُنی چند یِہُند مشترکہٕ ہاٗنکل یُس مٔنزی عادتَن اُکس بیٚیہٕ سُند پزٕ ژھان تہٕ اُڈ زاُڈ ہیتھ پنٕنہِ بے وقوفی ہُند خمیازٕ ٹلان اوس۔

ویٹر آو تہٕ رٕ و دوٗھن کمُجار گرِتھ یِمن بزٕ وٹھ کنہِ کھڈا۔ رتنی تو رنہٕ کینٛہہ تہٕ فکرِ تہٕ وٕ چھن سریندرس کُن۔ تَس اوس ژھوٹہِ بچرٕ یک چھج ہیوٗ ڈبکس پیٹھ آمُت۔ بتھی لبن اوسُس اَز جاذِ پہان ووشلُن ہیوٗ تہٕ زپرونمبر شیوٗک ہلکہٕ سبز پرتَو اوسُس مگوٗ بون ہونکہٕ تانی پیوان۔ سریندرَن تہٕ وُچھ رتنی کُن۔ سو اُس اَز آزاد۔ اُکس نِو نیترٕ گژاک کورِ ہش پھوٚجہِ ہٕژ تہٕ ودلہ سے ہٕژ داُن تھٕر ہش۔ تَس کُن وُچھِتھ گُس ونہِ ہَینہٕ زٕ سوچھے عشقہٕ بازرٕ چی نوٗ سوداگارینی۔

ویٹرن گر اَسنہٕ ہَنا تہٕ وٕنس تانی کانٛہہ جواب نہٕ بوٗزِتھ تھوٗون اَکھ کاڈ گوڈٕ سُریندرس تہٕ پتہٕ رتنی بزٕ وٹھ کنہِ۔ تتھ اوس لیکھِتھ۔ " توٚہی چھوٚ کُنہِ

خاص بأ تچ یاٹیوٗ کۍ فرمایش کران؟" رٔنی ہوو کلہٕ ستۍ نہ تہٕ ویٹرن ٹٕل اسان اسان کاڈ واپس۔

ییٚتھۍ جایہِ نکھہ اوٚ مبرا کٔدلس پیٚٹھ سپد ے یوکھ تٔمہِ دوہہ مُلاقات۔ سُہ تہِ اوٚکُنۍ زِ رتنی اُس پننہِ پرٚنسپلہِ ستۍ ییٚمہِ ظون پاوِیُس زِ پرٚوفیسر صأب چھِ ہوٚ کیا کھڈا۔ ژٕ ے ما اوس تھکھ نیب دیٚتمت۔ پروگرام چھا اَزشامُک کُنہِ جایہِ؟ سریندرَس تہِ پیوٚ یِم وُچھتھ اوٚ تتھ یُن۔

تمۍ کوٚر پرٚنسپلہِ آداب۔ تٔمہِ کوٚرنس خأر پاٹھ تہِ زبردَس تہٕ پانہٕ نیٚارٕ کِنۍ شکایت تہِ زوردار۔

"یہِ رتنی جی کیا سأزِ چھوٚون پیٚٹھ کمزور گرہمژ، اَمِس چھُونا کھین دِوان؟ یہِ چھِ دوہہ کھوتہٕ دوہہ زیادٕ زیادٕ سونچس گژھان۔ اَمِس کونہٕ چھِو واتان؟"

سُریندرن وُچھ رتنی اُس پرٚزی لاگر گأمژ مگر سُہ تہِ کُس صیحت مند اوس پانہٕ۔ تیٚمزٕ تہِ کُس اُس فِکرِ۔ پرٚنسپلہِ وُچھۍ دوشوے ژھوپہ کرِتھ ہور یور وُچھان۔ تٔمہِ دوٚپ تیٚمزٕ خأر خاہ نصیحژٕ ہیوٚت اثرٕ ے کرُن۔

"وُچھِو صأ تیٚمزٕ فیملی چھِ آیڈیل (Ideal)۔ اَسی چھِ سکوٗلس منٛز کتھِ پیٚٹھ تیٚمزٕ مِثال دِوان۔ بوٗزتھ صأ رتنا جی! یوٚ تانٛ پلوٚ توتانٛ گژھِ ژھرٕ وارِ روزُن..... شُری گیہ نألۍ تہٕ عأش تہٕ آرام روٕ..... زندگی ہُند سکون روٕ۔"

پرٚنسپل دزایہ تہٕ سُریندر دوٚ تھ رتنی کُن۔ "وُنۍ کِس کوٚت چھے ژٕ ے گژھُن؟ گرا کِنہٕ رٕنۍ وور؟"

رتنی ؤ ژھس۔ "بہ ہیکہ گرِ تہٕ گژھتھ۔ I don't mind ۔"

دوشوے کھٔتی بسہِ۔

وتہٕ گرِ نہٕ کانٔسی گتھ۔

گرِ ژاپہِ سیوٗ دٕ بیڈ روٗمس۔ دٔنی چندنٕ کھاٗر چاپے تہٕ تھٔون پتھر۔ یہُنٕد روے بہربو نہ کہنٛی ونہٕ نس تہٕ دڑاونبر۔

رتنی ٲرگوڈنچی کتھ۔

"مےٚ چھُ افسوٗس ژےٚ اوہے خبر کوٗت گژھُن میانہِ تہٕ پرنسپلہِ ہندی کٔنی پیوٚے ژےٚ گرِ وسُن۔ دراصل گوٚے ژےٚ واریاہ کال ہیلن تہٕ بھانن زاگان یُتھ ژٕ لڈٲے کرہاٚ کھ۔ مگر بہ ترٕس رٕنی وٲر۔ امہٕ ستی بزٕ ژھیوٚ کھ ژٕ جاہ۔"

رتنی گیہِ چاپے پخ۔ سُریندر چھُ تِتھے کٔنی دام دام دِوان۔ رژھہِ کھٔنڈی ووٚنہٕ نس۔ "ژےٚ چھے مالِنہِ پتھ سوٗکوٗل نزدیک گژھان اوے ترٕ کھ تور۔"

رتنی ؤژھ تھوٚد۔ "مےٚ گوقرنا اکھ ژٕ اسہٕ ونہِ ہونجہِ وُچھی متِس۔ ژٕ چھُکھ میأنی کٔنی ہنگہ تہٕ منگہٕ بند۔ بہ گژھس کُنہِ رنگہٕ گلنی تہٕ ژٕ موکلہ بکھ۔ گری کُس بوم چھے ژےٚ ٹکران۔ نبرے چھُکھ اسان گنٛدان آسان؟"

سُریندرس آو اسُن۔ "اَز بدلوٗوتھ ڈایلاگ۔ یِتھ کٔنی ون۔ بےٚ گژھس گلنی تہٕ تالہِ گُلی لٔدتھ ودٕ بکھ۔"

رتنی ہیٚتِ پلو بدلاونی۔ "آ تالہِ گُلی لٔدِتھ ودٕ بکھ۔ چھکہِ ہی تہٕ نہٕ

کانٛہہ۔"

سُر یندرن تہِ ہیٚتی پلو بدلاوِنۍ۔ "مےٚ چھےٚ ژےٚ اَکی وِزِ وۄنہٕ مُت ژٕ چھکھ پانٛس وۄ ہوو کٕرِتھ اَکھ ذہنی تسلاہ پڑاوان تِکیازِ ژےٚ چھےٚ غلط فہمی بہٕ کیاہ چھس پریشان گژھان۔ چانہِن وۄ ہون ہندی نیتجہ وبٕژھ ناوان تہٕ ..... غوطن گژھان۔"

رتنی آیہِ سُر یندرس بڑ وٚنٛھ کُن تہٕ وۄژھس ڈژا مأیِلی اندازس منٛز۔ "تہٕ دراصل چھےٚ نہٕ ژےٚ الگزار گژھان تہِ کیازِ ژےٚ چھےٚ شُسترۄ دِل تہٕ سیٹھاہ اراد۔ تی نا؟"

موٚہنیُو اوس برس پیٹھ ظاٚہر گومُت۔ رتنی پییہِ تس کُن نظر تہٕ وۄژھس۔ "ژٕ کیاہ کران اتھتھ؟ کیاہ گوٚھی"

دُنی چند گا برو نہ وُنی کِس۔ "سیُن کیاہ مہارا چھم رٕنُن۔"

جواب دِتُس سُر یندرن۔ "نیٚنہِ۔ اَز گومےٚ متھ برِیأنی کھنبس۔ نیٚنہِ پولاوِ۔"

رتنی تہِ ووٚن موٚہنیُوسے کُن۔ "گبو ہا چھی نہٕ۔ سُہ کتھۍ کرکھ پولاوِ؟"

موٚہنوی کٕر اسنہٕ ہنا۔ "اَوتر مہارا اوٚن بایصابن۔ ییلہِ مہارا توٚہۍ رٕنۍ وارِ۔۔۔"

کتھ ژٕلُن پانے تہٕ کٕڈِن دَو۔

سُر یندرن تُل کتھِ ہُند پن بییہِ۔ "میانہٕ سیٹھہِ ارادُک پےٚ چھےٚ نا؟ بییہِ پاوِیہِ کھاندرُک ماحول یاد؟۔

"مےٚ چھُنہٕ شٔری قِصہٕ ذٕرراوُن۔ ہاویےلُون کِنہٕ ہاوَے کژون!؟"

ژٕژھی کھٔنڈی ژٕژھس بیٚیہٕ۔ "بہٕ چھسے ونان ژٕ چھکھ اَندرٕ ہٲمل۔ ژٕ چھُکھ پانَے یوت کٲفی۔ ژےٚ گوٚژھ نہٕ کھاندرٕ کرُن۔"

"چانٛی اوریجنل original وِٚ ہووِکتہِ بوزٕ ہا؟"

رتنی زن تہٕ پانَس سٟتی وِٚن۔ "کرٕ کیٛاہ ہندوستانس منٛزٕ ے چھس زامُت تہٕ پتہٕ چھس بٹہٕ کوٚر۔ پوشہِ کس؟ ژےٚ کیٛاہ چھےٚ؟ ژٕ ابھٕکھ مےٚ ورٲیی جان۔"

"آجان چھس۔ ژٕ کیاہ چھکھ دپان بہٕ گوٚژھُس وِٚن۔ ژےٚ ذٕلی ژٕٹھ زارٕ پارٕ کرُن۔ متےٚ تژٕ اوتم۔ مَتے تژ اوتم!"

تٔمی زول سگریٹ تہٕ وِٚتھُس پٔژٕ رازدٲری سان۔ "بوز بہ وَنےٚ۔ ژٕ چھکھ پانَس وِٚ ہوو گرِتھ مےٚ وٲنجہِ چھِن تُلُن یژھان۔ مےٚ ترسٲوِتھ یا پریشان گرِتھ چھےٚ ژےٚ تسلاہ گژھان۔"

رتنی اُس امہ وِزِ باڈی بدلاوان۔ بُتھ گوس تیوٚنگل ہیوٚ۔ اَتھٕ کِلہٕ ناوان وِٚنُن رٕنس۔

"ژٕ آسکھ پریشان یا خوش تہٕ میانٛس تل پٕژس۔ بہٕ چھس نہٕ ستھ ژٕری بروٚنٹھم رتنی یوسہٕ پریشان اُس آسان ہَش ہٕہرٕ کرکرنم سٔیز کتھ۔ روٚن کرتیٚم اڈرٲژ دبوٕ مےٚ تہٕ ہکریوٚمُت بتہٕ میوٚنڈ کھبنس وٲری ییہِ۔ بہٕ چھس دژاہٕ نارٕ پانہِ تہٕ تتہٕ وانہِ۔"

"یِم محاورٕ تہٕ کہاژٕژ چھےٚ ووٚنی گشنہٕ آمٕژ۔ یِمن چھُنہِ کانٛہہ مانے۔

یم ڈرراونہٕ دتو کیاہ ییر؟ سُریندرن ووٚن یہِ بِل ولسٕط پاٹھی کِتابہِ کتھ تانۍ وُرق وُرق پھِران۔

"بہٕ چھسے دپان یہِ سایکلا جکل انالِسِس Psychological analysis تہِ چھُ جندٕ شُکُھر گوٚمُت اتھ تہِ چھُنہٕ کانٛہہ معنے ووٚنۍ۔"

وُنۍ کِس تیلہِ یم ہوٹلہٕ مَنٛز دژایہِ سُہ اوس پزی پاںٛس نفسیأتی موازنہٕ کران۔ سُہ اوس ازلوتہٕ وآے موٚحسوٗس کران زِ ووٚنۍ اوس سُہ پننہِ زندگی ہُنٛد پانہٕ کُن تہِ سائلم مأٔلِک۔

صُبحس یُتھے یم گرِ دژایہِ، طلاق سپدتھ کِتھٕ کٔنۍ گرٛھن الگ، سامانہٕ جاداد کیٛتھِ بأگراون، کرِایہِ مکانس تہٕ موٚہنِوس کیاہ کرن تہِ اوس نہٕ یمو سوٚنچمُت۔ دوٚنوے گیہِ تیار گوڈٕ نِکہِ پھِرِ کھاندرٕ پتہٕ زن تہٕ سینما یا پِکنِک اوسکھ گرٛھن یا کُنہِ پارٹی Party مَنٛز شأمل اوسکھ سپدُن۔ سیٚوٗ دُے ژایہِ جِجس نِش تہٕ اثر روٚ ہیوٚخہٕ کٔنۍ کرنوُکھ گوڈنیتھے طلاق نامس تصدیق۔

اورٕ دژایہِ تہٕ کہیں سٔنۍ نہٕ آسنہٕ موٚجُب پگہٕ اکھ أکِس ہیتی۔ ہوٹلہٕ نیرِتھ ہیوٚتُن سُریندرگرٕ کُن پکُن تہٕ رتنی تہِ دژایہِ تٔسی ہیتی، مِینہِ پأٹھی۔ بسہِ کھٔتی نہٕ۔ پأدلی دژایہِ۔

نیرنہٕ وِزِ ووٚن سُرندرس مدرأسی بارمینٛن Bar Man کوٚنٛز پیٛٹھے مخصوص اندازس مَنٛز اتھ ہِلاوتھ تہٕ اِشارس مَنٛز:- ہویے! بیسٹ لک Best luck!

وتہٕ أسی وُنۍ کِس اکھ أکِس ہیتی پکان زن تہٕ واری یاہہِ کأٔلی یہِ

ژُیہہ لۆب مُت اوسُکھ یا پاس آسہٕ ہمیشہٕ خاطرٕ وُنی کیہہ تسلاہ کران۔ پتہٕ چھا خبر کُس کور لگہٕ۔ بڑ ونٹھے یتھ کنٔی پکہ ہَن، گرٕ واتان واتانے آسہٕ دوشوے برابر آسان آءتی تہٕ ژۄنی آسہٕ ہیوان۔ تتہٕ آسہٕ بے مانے رُٹینچ Routine پامہ پامے کران۔

مٲلِس ماجہِ تہٕ انکن آشناون خلاف تُج گوڈٕ سُرنیدرن آواز۔ پتہٕ نِس گنڈنس پتھ ووتمُت سامانہٕ کرٕ نوون واپس تہٕ تتھی محفلہِ منٛز کۆرُن رتنی ہنٛدِ ناوُک ایلان۔ رتنی ژایہِ تمہٕ وِزِ سارِنے تھی اوٚہوندگرٕ تہٕ اتھس منٛز اتھِ تراوِتھ دژایہِ یمہٕ گرِ بڑ ونہہ کالکی منصوبہٕ بناوان۔ تورٕ آیہِ پۆچھی واپس۔ مگر کھاندر سپدُکھ رِواجی یہِ نہٕ یمن ووُمید آس۔ نوبو سونبو اوس یہنٛز غار حاضری منٛز یپاری مسلہٕ پانے اُنٛزروومُت۔ یمن ؤژھ سأرے ٹیلنٹھ۔ سُرِیندرن لوگ پتہٕ کتھ تانی بہانس پتھ دبَردنی تہٕ دۆپُن ماجہِ زِ تتھین حالاتن منٛز ہیکہِ نہٕ بہٕ تہٕ رتنی یتھ گرس منٛز روٗزِتھ۔ شامنس یتھے مول آس، یِوانے دِژنس تمہٕ کُنٛزتھِس کیتھِ۔ تمہٕ اوسُنس کرایہِ مکانہ تہِ کۆرمُت تہٕ تتھ پیشگی رتھ کرایہِ تہِ دیتمُت۔ بیٚیہِ پھٹرا کھ تیہہ۔

سُہ بنو اندرٕ ہُمل تہٕ رتنی گیہِ دم پھٹی۔

تمہٕ آسہٕ یکان تہٕ وانہٕ پینٛجہِ پتھ دِژ کُنی تانی موالی بینٛس کُن کربکھ سُرندرس بوزناونہٕ خاطرٕ۔

"واری یاہہِ کالی ہا آو بازرس یتھ مال۔ نصیبا والے تجھ کو میرا اسلام!"

مگر سُرِیندر پۆک سیوٚدُے زن تہٕ بۆزُن یا بۆزُن تہٕ دۆپُن مے

کیاز گژھہِ ژھتہٕ؟

ییتھی بازرس منز آسن اَکہِ دوہہ ٹانگہٕ وأنِس ستی چینٛھی مِلہٕ نأوِمژ تکیاز تمی اوس رتنی کژکھ دِتھ مخولہِ کوٚرمُت۔ بڑ بھوٗدری سان رُکوٗن ٹانگہٕ وول۔ اَتھہِ منٛز نیوٗنس چھانٹہٕ تہٕ پھالوٗنس پیٹھ۔ سوارِ تہِ وژھ تیٛنڈی کنہِ۔ لوٗکہٕ لوٗکہٕ گیہِ۔ ہیرو ہنٛدی پأٹھی آو رتنی نِش زن تہٕ جنگ زیٚنتھ۔ مگر تَس وُچھن اکھ اکھ اُچھ باہ باہ پل گأمژ۔ ہکیٖن منٛز ہے گرٛٲس بوأری:-

"پانہٕ گوکھ ٹانگہٕ وأنس آنٛچ ہورنہِ تہِ مےٚ چھیہِ پتاہ کیاہ گڈرُوکھ ہیٚر ہیٚر منٛز؟ میون ناو بوٗزِتھ آیی ژکھ۔ یزتچ راأچھ کرنہِ دژایوکھ مےٚ وُنی زِ ہے ژ ژلی گوڈٕ دوٗر...."

تس پھُٹے بہِ کوٗٹھی تہِ عأرق گیوس شیٖن۔ دُبارٕ زنانہٕ کُن کڈنس کرے یون قسم۔

خبر رتنی کیاہ اُس وُنی کِس سوٚنچان! سُریندرس اوس تس کُن وُچھتھ وُنی کِس آرہیوٗ یِوان۔ پأنس دوٚپُن زِ اُمِس دِمہٕ گوڈٕ ٹھکانہٕ کرتھ تہٕ اِدٕ کرٕ پنُن انتظام۔ گوڈٕ کیاہ تژٕے ربتھ گیہِ ہُمس تہِ تہٕ تیمِٚس تہِ ذہنی طور آزاد تہٕ پنُن انتظام پانہٕ کران۔ یُتھے طلاقچ گوڈنچ نوٹس دِژأ یکھ تہٕ پتہٕ زن گےٚ مُژ کری کم۔ طلاقُک فأصلہٕ تہِ سَپد ڈژامأیی۔

سُریندر آو تمہِ دوہہ گرٕ ژہری تہٕ زنانہٕ وُچھن پلو بدلاوان۔ سو اُس کُٹھِس منٛز نیم ننگہٕ۔ سُریندر ژاو بےٚ شوٗنک پأٹھی۔ رتنی گو نہٕ کِچھ کِچھ تہِ۔ تس اُس پتاہ سہ نیرِ پوٚت کھوری واپس تہٕ پَرن کُٹھے انہٕ ناوِ بتہٕ۔ مگر سُریندر گو تہٕ

رتنی ہنزِ تنہٕ تجُن ماہ گرِ گرِ وُتل۔

رتنی روٗز شپنہ مأنیٖ ہش کھڈا۔ بے سور تہٕ بے رسۄ۔

"کوسہٕ فلم وُچھتھ چھکھ آمُت؟"

"مےٚ کوٚرِ ے نہٕ وُنہٕ تہٕ یہٕ فلِمن منٛز کران چھہٕ۔"

"شاید چھےٚ نہ واریاہَس کالس ڈوز (dose) بنیومُت۔ مگر یہٕ کتھہٕ کٔژ
گٔرِتھ ژےٚ ووميد سہ بنی ژےٚ پیٚتہٕ؟" تمہٕ دیٚتُس نرِ ستی دکہٕ تہٕ ہپٹھ پلو لاگنہٕ۔
خۄنہٕ گروکھ زن وولُن ہٹہٕ تہ ووٚ تھُس۔

"اَمہٕ علاوٕ ہبلکھ تہٕ کیاہ ژٕ دِتھ۔ چھےٚ تہٕ کیاہ ژےٚ؟ چھکھ تہٕ کیاہ
ژٕ؟" رژِ کھٔنڈی ووٚنُن زَن تہٕ پانس کُن:۔

"پ ے چھس وبسران۔ بےٚ وبسریوٚس۔ ژٕ چھکھ نہٕ رکھیں....."
تس ہیٚرٕون شانش کھسنہٕ۔

رتنی ترٛوو ٹھاہہ ٹھاہہ گٔرِتھ اسُن۔ پلو لأگن تہٕ تس پھیکِس پپٹھ اتھہٕ
تھُوِتھ ووٚنُن۔

"یہوے چھُ چون اصلی روٗپ۔ ژٕ اوسکھ یہٕ پانہٕ ہمیشہٕ وُچھان مگر
شُکر دَیس کُن از روٗزِ ئے بہٕ تہٕ شہادت....."

وتھرِنس منٛز أژِتھ کرے یے یہٕ گوڈنچ کتھ سُریندرن۔ بتہٕ کھسنہٕ وِزِ
أسنہٕ ءکہٕنز کتھ سپز ہِش۔

"رتنے! اَسہٕ کُس چیز چھُ زبردستی گنڈِتھ؟"

رتنی أس شاید أتھی سوالس پزاران۔ کلہٕ کوٚڈُن لیفہٕ منٛز نبر تہٕ

وۆنہٕ نس۔ "کہنٛہ نہٕ۔"

"نزدیک آسنٕک تہٕ نکھہٕ ڈکھہٕ روزنٕک ڈرٛاما کیازِ کران آسی؟ منٛگ دۆریر چھُیہِ ژےٚ ژۆلہٕ مُت زانٛہہ؟"

"ژےٚ چھُیہِ ژۆلمُت؟ بہٕ وَنے صاف مےٚ ژول نہ سُہ زنٛہے۔ تتےٚ پیٹھ ینہٕ أسی یور آیہِ بہٕ گیس ژےٚ نش دۆران۔"

"بہٕ تہِ گوس دۆران۔ بہٕ چھُس نہٕ وُنی کَس پزر ونہٕ نس کھوژان۔"

سُریندرس آسہٕ وُنی کَس بُتھِس پیٹھ زن پزٕرِ پہوان۔ دۆپہٕ نَس۔ "أسی کیازِ کرو اکھ أکِس آویزٕ روزنٕکی شرط لُیٔ لٕمُی پۆرٕ؟"

سُہ رُود بسترس منٛز بہتھ تہٕ وۆنُن۔ "از چھکھ ژٕ گوڈنچہِ لٹہِ emancipated ہش۔ ژٕ چھکھ وتھِ دمباغہٕ سونٛچان۔ ون چھا أسی اکھ أکِس آویزٕ کُنہٕ رٕنگی؟"

رتنی توٗر فکرِ۔ تس پھیوٗر بُتھِس مُریٔن ہیوٗ۔ "بہٕ چھُس صرف شاہ ہوان۔ مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ حبس زِندٕ۔ میانہِ دٕسی ییہِ نہٕ رٕنٛگین زندگی تہِ گذارنہٕ...."

سُریندر وۆتھُس سنجیدٕ تہٕ گوبہِ آوازِ منٛز۔ "امہِ کھوتہٕ بہتر اوس نا أسی گژھ ہو الگ؟"

پتہٕ گیہِ واریاہس کالس ژھوپہٕ۔

سُریندرن چیٚیہٕ زٕ سگریٹ ڈبہِ اکہِ پتہٕ بیاکھ۔ رتنی أس صرف تالوس کُن ششدر وُچھان.....

پتہٕ ووٗ کھ نہٕ وارٕ وارٕ تہٕ تراو ہندِس بسترس منز۔ رِنی نہ کوٗ رُس واد تہٕ نہ لوگ نس مال دار۔ خبر کتس کالس وُٹھے یکھ رز۔ نہ آو ہرموکھے مینہٕ.....

نہٕ ونگیہ لبیہٕ شینہٕ مانی تہٕ نہ کھوت آرے بالس واپس۔

تہٕ اَکہِ دوہہٕ صُبحاے وُتھی دوشوے تہٕ آیہِ عدالتہٕ طلاق نامہٕ ہتھ۔



گرٕ واَتتھ پیوکھ گوڈ نتھے مکانک مسلہٕ۔ گُٹھی اَسی کُل ترٕے۔ فأصل گو زِ اکھ اکھ کُٹھ گوأ کس تہٕ ترٕیم گو تانٕ مُشترک یوتانٕ الگ انتظام سپد۔ موہنو تہٕ کچن پکہِ دوشونی ہندِس خرچس پیٹھ۔ شوگنن کُٹھِ منز تور موہنو اکھ بڈ اپور تہٕ رتنی تارٕی پنٕنی پلو دلو تہٕ ٹرنک سامانہٕ بیترٕ۔ پتہٕ نمن چیزن ترتیب دِوان ووٗن سُریندرن۔

"اَسی چھِ mature تہٕ یہِ چھِ جان کتھ۔ لڈأ یِہِ جگڑ ورأے سپز اَسہِ اکھ سبٹھاہ مُشکل کام سہل۔" رتنی اُس از جوشس منز ہش۔

"پنٕنی پنٕنی پتہٕ وألی یا یار دوس آسوکھ اَسی اپاری بیہہ ناوان۔ مطلب common گُٹھِ۔" سُریندرس کھوٗ ڈبکس دڑہہٕ۔

"لوٗکن چھا دوکھِ دینٕ تہٕ حقیقت کھٹتھ تھونٕی؟"

" مگر اشتہار تہِ ماچھِ شہرس باُگرٕنی!"

"دُنی چند اوس از صُبہٕ پیٹھ رووُمت ہیوٗ۔ نہٕ آو تہِ بیوٗٹھ پتھرِس پیٹھ۔ اَتھِ دِتن کلس تہٕ لوگ اَشی ژالہٕ تراونہٕ۔ "مے کُرٕ مہارا ووٗنی چھٹی۔ بہٕ مہارا ہکہٕ نہٕ ووٗنی ییتہِ روٗزِتھے!"

سُریندرن آبہٕ وٕسہٕ۔ وُچھوٗ زٕ کیاہ فرق پیِیی۔ کینژن دوہن چھہٕ اَسی دُنہٕ پیٚتر۔ پتہٕ گرٕشھکھ ژٕ اسہٕ مَنٛزے کاَنٛسہٕ ہیٚتی۔ اِدٕ صاَتہٕ میٚیۓ ہیٚتی روزکھ۔" رتنی پھیُر تَس بُتھ۔ " کیازِ؟ یہٕ چھُنہٕ ووٕنی چونٕے یوت۔ ژٕ ہیٚکھ نہٕ.....؟"

کتھ تراُوِن مَنٛزے تہٕ ترٕ اپور گُٹھ.....

سُریندرن ترٛوو پلنٛگس پیٹھ لمباسہٕ۔

اَز اوس سُہ آزاد۔ ووٕنی اوس نہٕ تس کانٛہہ پرٛژھن نس زِ کتہٕ اوسکھ۔ سیُن سوداکونہٕ چھےٚ تھووُمت اَنتھ۔ تسند بن عادتن تہٕ نجی پسند ناپسند یا ووہارس اوس نہ کانٛہہ کچہٕ پیٚشی کرن وول۔ تس اوس نہ کانٛہہ بندن۔ سُہ ہیٚکہِ ووٕنی اکھ شوٗز تہٕ ایماندار زندگی گذاَرِتھ۔ یِی اندرٕ تی نبر۔ نہ چھس اپُز ورتاونٕک ضرورت تہٕ نہ بہانہٕ ژھانڈنک۔ تمٕ یِیلہِ پَنٕن ساَلم دُنیا منساَوِتھ ہیچے یوو یہِ کوسہٕ سنا کمزوری اُس تمِس نال وُلتھ؟ رتنی تہٕ ہیٚکہِ پانہٕ اپستاِدٕ روٗزتھ۔ یِیلہِ نہٕ تھپہٕ ہُنٛد ضرورت آسہِ تہٕ کری کیازِ انسان کاَنٛسہِ! سو تہِ کرِ پانےٚ پننہِ خاَطرٕ جاے حاَصِل۔ زنانن ہنٛزٕ آزاَدی تہٕ خود ہختیاری مُتلق تکن سارِنٕے کتھہِ کرنہِ ہاَوِتھ دیُن گوالگ۔

شامنس ووت بتہٕ دوٕنوٕنی پننہٕ نبن پننہٕ نبن کُٹھن مَنٛز۔ بتہٕ کھبتھ پینہٕ سُریندرس واری یاہہ کاَلی نےٚ پھروٗک نیٚندٕر مگر رتنی اُس ژیرِ تانٛی بنیانہِ وول وول تاران۔



پگاہ دزٕاو سُریندر صُبحاے کُٹھس گُلف دِتھ۔ تور آوتزٕ یِم دۄہ۔ رتنی آیہِ دۄہَے چھٹی گژھتھ سیوٗ دُے گرٕ۔ رٕنی وور ترٕن دِتس نہٕ غاًبن اجازت۔ گوڑٕ سنے یہِ نہٕ سُریندر نِس گُلفس کیٚنٛہہ مگر پتہٕ پرٕژھن ہنجاًری پاٗٹھی دُنی چندس۔ دُنی چند اوس نہ پانہٕ تہِ اتھ سنیومُت اوکٕنی دُیتس نہٕ تٔمی کانٛہہ خاًطرخاہ جواب۔ ژۄٗرِ مہِ دۄہہ آو ژٕپرٕی راتھ کیٚت سُریندر تہٕ ژاو سیوٗ دُے کُٹھ۔ سُہ اوس اژانٕے تہٕ پیٹھے ترٕس رتنی۔ سُریندرن پھرِس بُتھ:۔

"یہِ چھنہٕ وادٕ۔ توٚہی ہیکِو نہٕ مےٚ ایکس پلٛینِشن ہیتھ!"

"یہٕ آیس بدل مطلبہٕ۔ مےٚ آسہٕ دُنی کِس روپیہِ پنٛواہ ضرورت۔ فُستس تانٛ.....؟"

سُریندرن کٔجہِ روپیہِ تہٕ دِژٕنس۔ پیٹھے کوٚڈُن دُنی چندس آلو۔ "تلایہِ دِتہٕ مژھ پاو بُزتھ۔"

رتنی اُس برٕ نیران۔ تتی پیٹھ وۄنہٕ نس۔ "میون تجویز اوس یہِ تھوژٕ پگاہ کیٚت۔ اَز چھُ کاًفی سیٛن روٗن مُت..... مطلب پگاہ تہِ کروٚ اَسی دوشوے امہِ خاًطرِ پے pay۔" تہٕ دزٕ ایہِ کُٹھِ مَنٛزٕ نیبر۔ سُریندرن کڑٕ بیگہٕ مَنٛزٕ بوتل تہٕ بیوٗٹھ ژانٛہٕ کوٗٹ گرِتھ چار پایہِ پیٹھ۔ موٚہنوی اوٚن رٕژھی گھنڈی بُزتھ مژھِ پلیٹہٕ تہٕ تھوونس برٕ ونٛتھ کنہٕ۔

رٕژی گھنڈی ترٕ رتنی اور۔

"اُسی ہکو نا دوستن ہندی پاٗٹھی روٗزِتھ، سُریندر! آیی مین اَیز فرنڈس۔ I mean as friends۔" سُریندرس اوسُن اُچھن ہیوٗت مُت

کھسن۔ تہٕ کُنہِ پھلٕکن اَس وۄزجہِ راتٕچہِ کھٕژ مژ۔ سُہ وۄتھس " کیازِ؟
کرایہِ مکانہٕ چھُنا بنان؟"

"تہٕ چھُنہٕ سوال ..... وُنی کِس ہیکہٕ نہٕ بہٕ یہِ چون شرابہٕ چۄن
وُچھتھ۔"

"ژےٚ کٔر دۄپےٚ وُچھن؟ ژٕ ترا پور۔"
رتنی ٔژھ تھوٚد۔ بوتل تھٕونس الماریٚ منٛز تہٕ ٹر اپور۔
سُریندر وۄتھ تہٕ بوتل الماریٚ منٛزٕ انٕنہِ۔ سُہ زن گوٚتی چار پایہِ پیٹھے
بہتھ۔

☆

دوہہ ژٕلی کوترہوی۔ اتھ دوران اَسی یم یا تہٕ دُنی چندس حساب کرنہٕ
وِزِ یا باتھ رٕۄم اژنہٕ وِزِ یا وۄزُم ہینہٕ دِنہٕ وِزِ سمکھان یا اَسی درواز مۄرنہٕ دِنہٕ
وِزِ وُزس منٛزٕ ےٚ گُنہِ سوٚ کوٚل کالیج یا ریڈیو خبرٕ پیٹھ تبصرٕ کران۔ تہٕ بس۔
اَکہِ پھرِ دژا یہِ نہٕ رتنی پانژن ستن دوہن کُٹھِ نبرٕ ے۔ ماشٹر بابہٕ
جوراہ تہِ وُچھِ سُریندرن اور اژان نیران۔ دُنی چندس پُرژھُن تہِ ننیوس زِ رتنی
چھےٚ بیمار۔ اَمہِ دوہہ ژاو دفترٕ تہٕ پتے اَمی سُنٛد کُٹھ۔ اَتہِ وُچھن رتنی بدلے حالتھا
گٲمژ۔ اَمِس اوس ساٚرِے پانٕس پھوکھ کھوتمُت۔ دُنی ییٚن اوس ڈاکٹر تہٕ
اوٚنمُت تہٕ دواہ تہِ۔ سُہ ژاو تہٕ رتنی نِش بیہنہٕ بجایہِ گو کتابہٕ رکِس نِش۔ کِتابہٕ
اَکِس ورُق ورُق پھران ووٚنُن تس کُن۔
"پرسک نوسخہ ما ہاوییوتھ ڈاکٹرس؟"

رتنی ووٗنس۔ "ڈاکٹر چھُ پانئے سورٕے زانان۔ مگر اسہِ چھُنہٕ پرچ یا پرٛاری سٟتؠ کتھ حوالہٕ خاطرٕ پیش کرٕنی۔ ازگیہِ اَزی چی کتھ کرٕنی ....."

سُریندر لوٗگ ہے بنگہ ہیوٚ رتنہٕ نِس ہٕنٛزِ ہتس بُتھس تہٕ سو تے مٕژ شکلہِ وُچھنہٕ۔

"مگر دوس آسنہٕ کُنہٕ تہٕ پرٕژھےٚ بہٕ ژٕے ضرور پٲنسہٕ چھُیہٕ؟" جواب بوزنہٕ بروٚنٛھے کوٚر ژٕمۍ ڈُنی چندس آلو۔ پرہیزکی تہٕ یلاجکی تمام چیز اننہ خاطرٕ کوٚرنس ہدایت تہٕ ٹمس اتھس کیتھ روپیہ تھوِتھ دژاو پتھ کُن وُچھنہٕ ورأیی واپس۔

ینہٕ سُریندر پٔتھ کُٹھ توٚرتس آوہٕ قرار۔ ژٕمۍ اوس گوڈنچہ لٹہِ رتنُن بُتھ یوٗتاہ کمزور وُچھمُت۔ پانس تہِ باسیوس کوس تانی کمزوری بیٚیہِ کلہٕ کڈان۔ کھانڈرٕ برٛوٚنٛھم رتنہٕ تہِ پیپٕس یاد مگر ستی دِژٕن کلس ہٕنن تہٕ شوٚنگ۔



ژٕ ربتھ ہیٚتِن گرٕھنۍ مگر نہ دژاو سُریندرٕے تہٕ نہ دژایہ رٕتنۍ امہِ مکانہٕ منٛز۔ اَکہِ دوہہ اوس ڈُنی چند چھٹی ہیتھ گرٕ گومُت۔ رتنی آیہِ سوٚکولہٕ رجسرٕ تارٕ ہیتھ۔ چاے کٔرٕن پانئے تہٕ سُریندرس تہِ تأرن۔ سُہ اوس کوستانۍ ناول پران۔ رتنی تھونس چاے برٛونہہ کنہٕ۔ ژٕمۍ تُل کتابہِ کُن نظر تھوٚو تھے کپ تہٕ ہیوٚتھ دام دام چینٕہ۔ نہ وُچھن رتنی تہٕ نہ سوٚنچن یہ کُنۍ اَنی تہٕ کُنۍ بناو۔ رتنی کوٚر یہِ خوش۔ سو روٗزتس واری یاہَس کالس وُچھان تہٕ پتہٕ نی نس اتھ منٛز کتاب تہٕ دوپنہٕ نس۔ "گوڈٕ چٕے یوِ چاے شریمان؟"۔ اِدپیٚیہِ سُرندرس نظر تہٕ گو تھوٚ دوٗتھ۔

"ژےٚ کرِتھ چاے؟ کیاز؟ مگر اوٚ دُلی چند چھُ چھُٹی پیٹھ۔" رتنی ترٛ ووٚ اسن کھنگالہٕ تہٕ دژا یہٕ۔ پتہٕ اوٚ نُن بتہٕ سیٖن۔ پتہٕ ترٛ پننہٕ رجسٹری ہیتھ۔ دوٚپہ نس یتھ کرُم صأ مدد۔ پژاأنی پاٹھی۔ سُریندرن ووٚنُس در جواب "یہٕ پژاأنی پاٹھی کیا گوٚ؟ از گیہٕ أزچ کتھ کرنی۔"

"اچھا تہٕ ہمسایس تہٕ گژھہِ نا مدد کرُن؟" تمہٕ دِژ کُنی یٖتھ تہٕ ژھالہٕ ترٛ اپور چوکس مَنٛز۔ دوٚتی أ ءسس شانو پیٹھ یون ءٚ ژھمۆ۔ سُریندرس ہیٚژن واٗنجہٕ دُبراے گژھنی۔ سُہ ووٚتھ وارِ وارِ تھوٚد تہٕ لوتہٕ پأریو ژاو چوکس مَنٛز۔ بے خبری مَنٛز ژھُنُن رتنی یہٕ جمپر پیٹھ کنہٕ نِنی گردنہٕ ماثہہ گرِتھ۔ رتنی گیہٕ روٗزِتھ ہش۔ کلہٕ پھیٖر نے نہٕ۔ سُرنیدرن ؤچھتس آسہٕ کنہٕ پھٹہٕ ووزلے مہٕ۔ پانَس پیٹھ کھوٚتُس سخ شرارت۔ پوٚت کھوربو پھیٚر رواپس۔ سخ پچھتوٗن مے گُس اتُر کوٚر یہٕ تہٕ پانس تانی کونہٕ روٗدُم۔

رٔژی کھنڈی ژایہٕ رٔتنی اور تہٕ لبہٕ کُن پھیرِتھ وودنی سُریندرس کوٚرُن تھُرکۍ نالہٕ موٚت۔ پانَس ستۍ اوٚنُن تہٕ دُیتُن بڈٚس پیٹھ دأرِتھ۔ پانہٕ پیٚیس پیٹھ۔

سُریندر زن تہٕ ژوٗر کران اوس۔ سُہ اوس تھوٚد ووتھنچ کوٗشش کران مگر رتنی ترٛ ووٚ نہٕ۔

لوتی دوٚ نہٕ نَس۔

"مے چھےٚ تھوٚمہٕ بونہٕ برس ہأنکل۔"

"یہٕ بَرتھوٚ دِتھ۔ دارِ ....." سُریندرس پھیٚر ریوٚ تے۔

رتنی گرؠ دارِ بر بند۔ اِد آو سُریندر مُژرنہٕ۔



طلاقس گژھن ووٚنؠ ژور وٕری تصدیق سَپدے ہٕتس۔ دُنی چندس گیہِ ییے
وٕری زٕ وٕگرؠ ہٕتس۔



سُریندر ناتھ تہٕ رتنی ہٕنٛزِ اتھ کتھِ ونہٕ لوٚ ہسٹوری کِنہٕ نہ یہِ فأصل کرُن
چھُ مشکل تِکیازِ پزتھ عشقہٕ فسانس چھِ آسان تژےٚ کوٗنٛج۔ اتھ چھِ زٕ ے۔

